تحقیق

# مرحوم علی شاہ کامل

از

عبدالغنی بیگ اطہر

ناشر

کلچرل ٹرسٹ کپوارہ کشمیر

تحقیق

# مرحوم علی شاہ ہرِل

از

عبدالغنی بیگ اطہرؔ

(ایم اے کشمیری، ایم اے پولٹیکل سائنس، بی ایڈ، آنرس اردو، آنرس کشمیری)

ناشر

کلچرل ٹرسٹ کپوارہ کشمیر

| کتابہِ ہند ناو | : | علی شاہ ہٕرل |
|---|---|---|
| مصنف | : | عبدالغنی بیگ اطہرؔ |
| ناشر | : | کلچرل ٹرسٹ کپوارہ |
| چھپن وٚری | : | 2010ء |
| موٚل | : | 100/روپیہ |
| تیداد | : | 300 |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | **TFC سنٹر**، گاوٚکدل سرینگر 9419525103 |
| مطبع | : | **الحیات پرنٹوگرافرس**، سرینگر 2473818 |
| صفحات | : | 60 |

# گوڈٕ کتھ

''وَنن منز چھِ لعل آسان''۔ یہ کتھ گیہِ مےٚ تمہِ ساتہٕ تہٕ سرٕ ییٚلہِ مےٚ سرحدی ضلعہٕ کوٗپوارِکین پرانین گونماتن تہٕ لیکھارٕن متلق تحقیق کٔرِتھ پٔننہٕ کتاب ''پتھ وٕنگی کوٚستوٗری'' ترتیب دِژ۔ اتھ تحقیقس دوران سپُد مےٚ مولوٗم زِ کوٗپوٗاری ضلس منز تہٕ چھِ پتھ کالہِ اگرٕ نزی گونماتھ تہٕ لیکھاری پأدٕ گمتی اماپوٚز یہندی نگارشات تہٕ تخلیقات گےٚ سبٹھاہ کم چھاپ یمیٚکی وجوٗہات علاقس منز چھاپ خانٕکی سہوٗلیاتھ نہ آسنٕ صحیح رہبری نہ میلنٕ تہٕ غور بتھ بیترِ چھِ لبنہٕ یوان۔ تِتھین اکثر گونماتن تہٕ لیکھارٕن ہٕندی اکثر تخلیق چھِ یاتہِ کاغذ گمٕو کھٔیمتی یا نارٕ بُزٕ گمتی نتہٕ کیٚژن خودغرض ہٕژن الماربن منز ڈولان یمہٕ نہ چھِ پانہٕ چھاپنٕک تکلیف کران نہٕ کأنسہِ قدردانس حوالہٕ کران۔ بہٕ چھُس سنٹرل انسٹی چوٹ آف انڈین لنگویجز میسور کین زعماعن ہُنٕد شکرگزار یہندِ مأ‌لی امدادٕ سٟتی بہٕ کوٗپوٗاری ضلہٕ کین گونماتن مُتلق پٔننہٕ تحقیقی مقالہٕ کتابی شکلہِ منز چھاپنس منز

کامیاب گوس۔ ''پتھ ؤنکی کٔو ستٔو ری'' ناوچہِ اتھ کتابہِ اندر چھِ ضلہٕ کِہن ژٔو یہِ تاجین پتھ کالہٕ کِہن گونماتن متلق تحقیقی مضمونٔو علاوٕ ضلس اندر موجوٗدٕ ادبی صورت حالُک ذِکر تہِ خدا یہ ہِنٛدِ فضلہٕ ستی آیہٕ اتھ کتابہِ ادبی تہٕ علمی حلقن منٛز حدٕ کھوتہٕ زیادٕ پذیرآیی کرنہٕ۔ اتھ کتابہِ منٛز آو ضلہٕ کِس اَکِس بہلہِ پایہِ کِس تہٕ بِسیار نوٗیس گونماتھ علی شاہ ہٕرِل صأبُن تہِ سرسری تذکرٕ کرنہٕ۔ یہٕ تذکرٕ روزِ ہے تشنہٕ اگر نہٕ اَمس بہلہِ پایہِ کِس شاعرِ سُنٛد مونوگراف چھاپنٕگ سٕنز یہِ ہے کرنہٕ۔ یہٕ پروجیکٹ پوٗرٕ کرنس منٛز آیہٕ مےٚ واریاہ مشکلات درپیش۔ مےٚ سٕپدی نہٕ واریاہ تگ وَدَو کرنہٕ باوجوٗد تہِ علی شاہ ہٕرِل صأبنٕ واریاہ مسودٕ تہٕ تِہنٛزٕ چھاپ سپد یمٕژ کتابہٕ مویسرتہٕ یمن اتھ یمہٕ کتابہٕ آسہٕ تِمو ہأوز بردست کنٛجوٗسی تہٕ خودغرضی یمہِ کتابہِ ہُنٛد مسودٕ آو اکھتےٚ ساہتیہ اکیڈیمی پیٹھ منصوبہٕ بند طریقس پیٹھ غأبی کرنہٕ۔ شُکر چھُ زِ مےٚ اتھِ اوس امیُک اکھ نقل یتھ پیٹھ یہٕ دُبارٕ مےٚ ترتیب دیُت۔ تاہم چھُس بہٕ تِمن مخلص دوستن ہُنٛد شکرگزار یِمو مےٚ حتی المقدور اتھ کامہِ منٛز رنگہٕ رنگہٕ مدد کٔر بہٕ چھُس جناب محمد صدیق مُخلصؔ ماوری صأبُن شکرگزار یِمو مےٚ کم کاسہٕ واقفیت بہم کٔر تہٕ ماسٹر غلام نبی تانترے ۂبی پوری صأبن تہِ چھُس شکرگزار یِمو مےٚ زٕ ترٕ ے کتابہٕ آیتن تھاوِ زیادٕ شکرگزار چھُس موحترم مشعل سلطانپوٗری صأبُن یِمو مےٚ حوصلہٕ افزأیی کرنہٕ علاوٕ واریاہ موادآیتن تھوو۔

ساہتیہ اکیڈیمی اوس امہِ برونٹھہ تہِ مےٚ وید راہی سٕنز افسانہٕ سۆمبرنہٕ ''ایلے'' ہس کوشر رۄپ دِنٛک پروجیکٹ دیۆتمت یُس مےٚ خدایہٕ سٕندِ فضلہٕ سٟتی سبٹھاہ کم وقتس منٛز تہٕ کامیأبی سٟتی مکمل کۆر تہٕ ''لُکھ کریٖن واپس'' کتابہِ ہٕندس صورتس منٛز چھاپ گرٕژھتھ آو۔ اکھٕتے آو ادبی حلقن منٛز پسندِ تہِ کرنہٕ۔ خدا یژھن زِ میۆن یہِ مونوگراف تہِ کھٔسی تن لُکن ٹارِ۔

عبدالغنی بیگ اطہرؔ

# جائزہ

مرحوم مولانا علی شاہ ہُرل کی شخصیت نمایاں ہے۔ مگر بدقسمتی سے اُن کا پورا کلام ہمارے سامنے موجود نہیں، ان کے متعلق محترم عبدالغنی اطہرؔ صاحب نے جو واقفیت حاصل کرنے میں کاوشیں کی ہیں وہ قابل تحسین ہیں۔ اس میں کوئی شک نہیں کہ مرحوم علی شاہ اپنے وقت کے لاثانی شاعر، عالم، ادیب ہونے کے علاوہ صوفی بزرگ بھی تھے۔ مگر شومئی قسمت کہ اُن کا پورا کلام جو آج بھی موجودہ پود کے لیے مشعلِ راہ ثابت ہوسکتا تھا، چند ناگزیر حالات کی وجہ سے ہمارے سامنے موجود نہیں۔ ہم محترم اطہرؔ صاحب کے جذبات، خلوص اور علم وادب کے ساتھ دلچسپی کو دل کی عمیق گہرائیوں کے ساتھ سراہتے ہیں۔

ماسٹر علی محمد نقشبندی ولد مرحوم حاجی محمد یاسین نقشبندی ولدِ مرحوم حسن شاہ نقشبندی ولد مولوی صدیق اللہ نقشبندی ولد مولانا علی شاہ ہریل

# زان

ہِرل چھُ کوپوٲرۍ ضلعہٕ کس مادر علاقس منز کوہٕ دامنس تل اکھ ماری مُندتہٕ خوش یِوُن گام۔ یہٕ چھُ ہندوارِ پٔٹھ الہ پلہٕ کلومیٹر باہ مرٕ دوٗرتہٕ سڑک بیترِ نہ آسنہٕ موکھ رُدیہٕ واریاہس کالس باقی گاموٕ تہٕ سریونِشہٕ ژھینہٕ یمہٕ موکھ یہٕ گام پنُن اکھ مخصوص کلچر قائیم تھاونس منز کامیاب گوو، یِچ نمایاں خصوصیت علم وادبک ماحول چھُ تہٕ اتھی ماحولس منز گوو علی شاہ کُنووہمہِ صدی ہندِس گوڈنکس ژٔہلس منز پادٕ یُس پتہٕ کشیر ہُند اکھ بِسیار نوٗیس گونماتھ تہٕ لچھ بدٕ بن شعرن ہُند خالق بنیو تہٕ یمی ہنزٕ الہ پلہٕ پنژ ترہ کتابہٕ چھپِتھ بازرس پییہِ۔

علی شاہ صأبن زاسنہٕ ہیوٗ کنہٕ کنہِ مستند روایتہٕ ستی بہم سپدِتھ اماپوٗز یہندی فرزند مرحوم مولوی صدیق اللہ صأبن چھُ یِہند تأریخ وفات ۱۰ر ماگھ ۱۹۹۱ بکرمی لیکھتھ تھووٗمُت یُس ۲۲رجنوری ۱۹۳۴ءیِوان چھُ مگر یہٕ چھنہٕ صحیح باسان تکیازِ علی شہ نی اُکس کتابہِ ''ردِ وہابیتس'' پٔٹھ چھِ تمو پانے لیوٗکھمُت زِ یہٕ کتاب آیہٕ ۲۲رجنوری ۱۹۳۵ءمرتب کرنہٕ تہٕ اتھی کتابہٕ چھُ بٔنیس جایہِ لیکھنہٕ آمُت زِ بہٕ چھس ۸۳ ؤہر۔ صدیق اللہ صأبن چھُ یِتہِ

لیوکھمت زِ علی شاہ صأب سۭدی ۱۱۶ ؤری شنہٕ وأنسہِ وأتتھ یمہِ عالمہٕ روٚخصتھ۔ امہِ حسابہٕ چھُ یہند سن ولادت ۱۸۱۸ء یا ۱۸۵۲ء یوان۔

علی شاہ نٕس بابہٕ صأبس اوس مولوی انور شاہ ناو یُس علاقس منز اکھ موٗنمت عالم تہٕ درویش صفت شخص اوس۔ تمن اُسی مۆتی چھِ علاقس منز ٹاٹھہِ نیارٕ سان بتہٕ انور صأب ونان تکیاز تمن ستی چھےٚ وار یاہ کراماتھ منسوٗب۔ تمو چھےٚ پننہِ آخری وأنس مسجدِ منزٕ ے عبادتس اندر مشغوٗل روٗزتھ گزارمٕژ۔

انور صأبنس مألس اوس مولوی سخی اللہ ناو، یُس تہِ چھُ اوسمت نقشبندی سِلسلُک مشہور بزرگ۔ سخی اللہ صأبُن مقبر چھُ دربل ماور گامس منز کولہٕ بٔٹھس پٮ۪ٹھ واقع۔ یتھ کرگام سخہٕ صأبُن استان چھِ ونان تہٕ عقیدت مند چھِ ازتہِ اتھ استانس پٮ۪ٹھ گژھتھ دعایہِ مغفرت کران تہٕ اتہِ پننہِ حاجتھ برآری خأطرٕ منگہٕ منگہٕ کران۔ سخی صأب چھُ اصلی دربل گامسی منز بسان اوسمت تہٕ یہند فرزند انور صأب چھُ پتہٕ دربل پٮ۪ٹھ ہرٕل بسنہِ آمت سخی صأب چھُ صاحبِ حال بزرگ آسنہٕ علاوٕ اکھ رُت خطاط تہِ اوسمت یُس پننہِ اتھہٕ قرآنکی نوسخہٕ اوس لیکھان۔ یُہند قرآنِ شریف اکھ قلمی نوسخہٕ چھُ ونہٕ تہٕ عشہِ پورِ ماورٕ یوسف صأبنہِ گرٕ موجود یمہٕ کِس گوڈنکی سے صفس پٮ۪ٹھ "از قلم بابا سخی اللہ نقشبندی"، لیکھتھ چھُ۔ بیاکھ قلمی نوسخہٕ چھُ ماسٹر علی محمد صأبس نِش۔ سخی صأبنس دربارس منز چھُ غلام قادر قریشی ناوُک اکھ خوشنویس تہٕ بہان اوسمت یُس یمن قرآن شریفکی نوسخہٕ لیکھنس منز مدد اوس کران۔

مولوی انور صأبس چھِ ژٕ فرزند تہٕ پانژھ کورِ آسمٕژ۔ نرینہٕ اولاد آسکھ

علی شاہ تہٕ زینہٕ شاہ مگر زینہٕ شاہ صأب چھِ مُتی آیہٕ اُسی مٔتی تہٕ کھراوِ پٹھ اُسی گامہٕ گوم پھیرانِ۔ دپان تِم اُسی کھراو پٹھے ماورِ پٹھ وورمُل تام ووکھلی تہٕ گرٛشھان۔

علی شاہ صأب چھِ سبٹھاہ مُدبر، زیرک تہٕ علم وأدبکی دِلداد اُسی مٔتی۔ علم وادبس ستی یہٕنز دلچسپی وُچھتھ اوٗن یہندی وألد صأبن یمن پرناونہٕ خأطرٕ اکھ مولوی گرٛے یمس نِش علی شاہ عربی، فارسی، طب، فلسفہٕ تہٕ منطق ہیچھان روٗد، امہِ علاوٕ پرنووألد صأبن پنٛج گنٛج تہٕ پٮ۪یہٕ کینٛہہ فارسی کتابہٕ پانہٕ تہِ۔ پتہٕ آیہٕ علی شاہ صأب مزید عٔلم ہیچھنہٕ خأطرٕ راول پنٛڈی تہٕ لوہر تہِ سوزنہٕ یتہٕ یمو الہٕ پلہٕ ستن ؤری ین واریاہن عٲلمن نِش اکتساب علم کوٚر۔ پنجابہٕ ینہٕ پتہٕ گیکھ پیرٛ اہ خوداعتمأدی پأدٕ زِ پننہٕ نبن مریدن اُسی ونان "مے چھِ ژوداہ عٔلم پری مٔتی"۔

پنجابہٕ پٹھٕ واپس یتھ کوٚر علی شاہ صأبن گرٕسی منٛز اکھ مدرسہٕ قایم یتھ اندر کم وبیش ڈاے ہتھ ژاٹہٕ شری پران اُسی یمن اندر پتہٕ احد صأب وانی ماوریس ہوی واریاہ عألم تہٕ مفتی تیار گئے۔

علی شاہ صأبس اوس پأنس صرف اکُے فرزند یُمس مولوی صدیق اللہ صأب ناو اوس۔ تہٕ صدیق اللہ صأبس اُسی زٕ فرزند حسن شاہ تہٕ حسین شاہ۔ حسین صأب چھُ اکھ خدادوس بزرگ اوسُمت یمہٕ ۲۲ ر فروری ۱۹۷۳ ءیمہٕ عالمہٕ روخصتھ چھِ گمتی۔ یہندِس فرزندس چھُ محمد یاسین صأب ناو یمہٕ پیر مُریدی چھِ کران یمہٕ سپٕدی ۶ ر جنوری ۲۰۰۵ ءدفات۔

علی شاہ ہٕرل چھِ کثیر الجہت شخصیتکی ما لکھ اَسی مٕتی۔ تِمہٕ اَسی بیک وقت عظیم مثنوی نگار۔ تھدی عالم، صاحبِ کرامتھ، دوست خداتہٕ مورشدِ باکمال۔ دینی علوٗمو علاوٕ اَسی تِمہٕ فِقہٕ۔ فلسفہٕ، تواریخ، طب تہٕ منطق تہٕ جان پأٹھی زانان تہٕ عربی تہٕ فارسی زبأنی پٕٹھ تہٕ اوسُکھ جان عوٗبوٗر حأصل۔ یمیوٗک انداز اسہٕ یہنز شأعری پٕرِتھ چھُ سپدان تِہندی کینہہ مثنوی یُدوٕ وے طبع زاد چھِ مگر کینہہ چِھکھ فارسی پٕٹھ کأشرس منز ترجمأوی مٕتی تہٕ۔ شأعری تہٕ بیٚین علوٗمن پٕٹھ دسترس تھاونہٕ علاوٕ اَسی علی شاہ صأب معالج حکیم تہٕ طبیب تہٕ۔ تہٕ پننہٕ نٔن کینژن نظمن منز چھُکھ ''علی'' بجایہٕ ''طبیب'' لفظ بطورِ تخلص استعمال تہٕ کوٗرمُت۔ تہٕ حکمتُک علم اوس تِمو پننہٕ نس فرزند صدیق اللہ صأبس تہٕ ہیچھنومُت۔

یتھ کٔنی بروٗنٹھے وننہٕ آو زِ علی شاہ صأب اَسی صاحب کرامتھ بُزرگ ہِندِ حٲثیتہٕ تہٕ مشہور، یمن ہٕتی چھے واریاہ کرامٕژ تہٕ منسوب۔ دپان یٕیلہِ اکہِ لٹہِ ماور علاقس ہوکھیہٕ نال وٗل، کھاہ ڈوری گےٚ خوشکھ تہٕ نالن کریہٕن تہٕ ناگن تہٕ گٔیہٕ آبہٕ کامن۔ لُکھ آیہٕ ودان تہٕ رٕوان یمن نِش فٕریأدی۔ امہٕ ساتہٕ چھِ اَسی مٕتی یمہٕ کھورٕ شانڈ ژادِر رٕٹتھ شونگتھ۔ لُکو کری یمہٕ ہُشیار تہٕ دوپہکھ ''ژِ چھُکا ژادِر کھورٕ شانڈ رٕٹتھ پانس مس ہِندرِ تہٕ ارامہٕ سان شونگِتھ تہٕ اَسی مرِ واہو کھیہٕ ہٕتی۔ تھوٗ دوتھ تہٕ اسہِ کرٕ منگ خوداِیس روٗد''۔ علی شاہ گےٚ تھوٗ دٕوِتھتھ تہٕ دوپہکھ روٗد گرٕژھِ وارٕود۔ گرٕژھوٗ ژٲنیوٗ کھ پٔنٔنی شری مُری تہٕ گُری گُپن اندر، جلدی پہٕن''۔ عقیدتہٕ وأٲلی لُکھ یتھے نبر درایہٕ ہنگہٕ

منگہٕ لۄگن زبردس رۄد تہٕ ساٲرِسے گوو آبہٕ سوکال تہٕ لُکن میۄل راحتھ۔
یِتھےٚ کٔنی چھُ ونہٕ یوان زِ یہندی تاویزٕ ٹوٹکھ پھوکھ تہٕ دُعا ٲسی منتن منز پۄنن
اثر ہاوان۔

## شاعری

علی شاہ ہٲرِل ٲسی فطری شاعر۔ لوکچہٕ وٲنسہٕ پیٹھے ٲسی شعر ونان تہٕ
جوان سپدتھ یٔلہِ تمن ستن وٕری ین ہُند پنجا بُک عٔلمی تہٕ ادبی ماحول تہٕ
میۄل تِہُند شاعرانہٕ ذوق گوو وارٕے وُسوار۔ یہِ اوس سُہ وق یٔیلہِ کٔشیرِ منز
ژو پاسے فارسی شاعری ہُند طوطہٕ اوس بولان۔ عٔلمی حلقن منز اوس جامیؔ،
فردوسی، سعدی، غنی، بیترِ خوٗب پرنہٕ تہٕ پرناونہٕ یوان۔ ہیٚکہِ طرفہٕ اوس لُکہٕ
تفریحُک بۄڈ ذری یہِ رٲتی راتس رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی بوزنہِ تہٕ بوزناونہٕ۔
سام نامہٕ، گلریز بیترِ مثنوی آسہٕ شوقہٕ تہٕ ذوقہٕ سان پرنہٕ یوان۔ اِتھس
ماحولس منز کتہِ روزِ ہے علی شاہ صاٚبن اندریُم شاعر خاموش۔ تمو تہِ ژھٕنہٕ
اٚتھی صنفِ شارس تھپھ تہٕ وُچھان وُچھانٔی بنےٚ یہ امہِ صِنفٕکی بادشاہ اما پوز
شرۄع کۄر کھ نعت لیکھنہٕ ستی۔ گوڈ گوڈ لیکھِکھ فارسی زبانٔی منز نعت تہٕ پتہٕ
پھیری مقامی ضرورت وُچھتھ کاشرس کُن۔ یہندِ اکہِ فارسی نعت شریفکی
کینٛہہ شعر چھِ یِتھ کٔنی ۔

یک نگاہے برسرم یا رحمۃ للعالمینؐ
از سرِ لطف و کرم یا رحمت للعالمینؐ
چشمِ رحمت بر کُشا از عنایت یک نظر

کُن بحالِ مضطرم یا رحمۃ للعالمینؐ

یہندی کاشرِ نعت گیہ یہنز زندگی منز ے علاقس منز سخ مشہور ییہ مُشیدن گبون موحفلن تہٕ کھہ ڈور ہن منز اسی گبونہٕ یوان۔ مثلن

اے شہہِ دُنیا و دین قوربان لگَے

اے مہہِ برجِ یقین قوربان لگَے

أنبیاہن مورسلن سردار ژی

چھُکھ ژٕ ختم المرسلین قوربان لگَے

روِیے انور چون چھُم شمس الضحیٰ

خوے خوشتر انگبین قوربان لگَے

یا۔

یا نبیؐ اتھ ہمتس قوربان لگَے

چھُکھ شفیقا اُمتس قوربان لگَے

از طفیلِ تو نباشد کاینات

شوق رب العزتس قوربان لگَے

آسہٕ ہکھ نے آسہِ ہے نہٕ کانہہ تہِ چیز

اتھ کمالِ عظمتس قوربان لگَے

بیکہٕ نعتِ شریفکی کینہہ شعر چھِکھ ییتھہٕ کنی۔

یا رسول اللہ سبٹھاہ چھُم اضطراب

والضحیٰ روے ہاوتم ساتھاہ بخاب

لولہٕ چانے ہولہٕ مٔنڈ چھم ٴگمژی

واے جانس ہاے پانس پیمژی

چھُم بُنتھ آمُت ؤنتھ کس زانہٕ حال

ووٕنی ؤنتھ متہٕ تراوتم کوٗرمَے سوال

راتہٕ اکے مِنتھاہ بڈٕ تھاوٕتم

ساتہٕ اکے رویٔے انور ہاوتم

یتھےٴ کنی چھِ یہند بن کینژن نعتن ہنٛدی کینٛہہ شعر یتھ ٴکنی

یا نبی موحترم کرم کرتم

عاجزو زارم کرم کرتم

قامتس خم ژلیم زِ بارِ گناہ

شُد نگون پیکرم کرم کرتم



مےٚ چھُم در دِل سمبٔھاہ ارمان اِیمنا

سُہ کان لطف و احسان جان ایمنا

مےٚ پراران لیہِ لوسم وتھ وُچھأنی

سُہ عألی شان شہہِ دوران اِیمنا

 

موٗرِ چھُم للہٕ وُن دوٗرِ رُک نارا

بلہٕ ہا چانہِ دیدارَے بو

ژوٗرِ پأٹھی ہاوتم نوٗرِ روخسارا
بلہٖ ہا چانہِ دیدارَے بو



چھُ مےٚ چون تمنا دِمہٖ ہےَ ناد
دیدۂ گریان یا رسول اللہؐ
لولہٖ نارن کوٚرنم داد بیداد
سینہٖ بریان یا رسول اللہؐ
آرزو نٔیین چون یا سرورؐ ۔
اُمتی دپنےَ روزِ محشر
چھُکھ سون پناہ تہٖ سون سردار
سوٗن سامانہٖ یا رسول اللہؐ



دمہٖ دمہٖ پرٖ ہا دروٗد چأنی یا رسول مہربأنی کر
غمہٖ وِزِ آستم روے ہاوأنی یا رسولؐ مہربأنی کر
معشوق دوپنےَ حق سبحأنی لاشک سارِنے چھُکھ رہبر
عاشق گألی مُتی لولن چأنی یا رسولؐ مہربأنی کر



ہول گوم جگرس لول آم چونُے یا رسولؐ از ولہٖ سوٗنیُے
زوٗ جان وندٖ ہے مالیُن کرٛونُے یا رسول از ولہٖ سوٗنیے

گنڈِن ہلہِ عشقنی ناو کھٹِتھ اوس پھٹِتھ دراو
احد پانہ لأگھ آو خط و خالِ محمدؐ
صلی اللہ علی محمدؐ و علی آل محمدؐ
فلکو کوٗر سِمتھ دور ملکو بوٗز تُلکھ شور
ہیکہِ نہ کانہہ عشقن بور مگر ژالہِ محمدؐ
صلی اللہ علیٰ محمدؐ و علیٰ آل محمدؐ

نعتکہِ یمہِ تہِ تِتھی ہوی بأقی نعت پٕرتھ چھُ اسہِ باسان زِ علی شاہ اوس نعت کِس فنس منز تہِ واریاہ سرس تہٕ یہند ہن نعتن منز چھُ جلال تہِ نظر گرٛھان تہٕ جمال تہِ۔ پوٚ زلول تہِ تہٕ لولہٕ دودورتاونک سلیقہٕ تہِ۔ مگر افسوس یہند ہن نعتن پیٹھ مشتمل کانہہ الگ کتاب چھنہٕ ونیٚو کتام چھاپ ٲمژ۔

## علی شاہ تہٕ غزل

علی شاہ اوسنہٕ فطرتاً غزل گوشاعر تہٕ نہ چھِ تمو زیادٕ غزل لیکھی متی۔ تاہم یمہِ کینہہ غزل یمو وژن چالہِ لیکھی مُتی چھِ تِمن اندر چھےٚ لُکہٕ لَے تہٕ لُکہٕ انداز لبنہ یوان۔ مثلن

از گوو منور کل عالم تےَ دمہٕ دمہٕ نمہٕ تس معبودس
لیہِ سان دُروٗدٕ پر ہردم تےَ دمہٕ دمہٕ نمہٕ تس معبودس
دلہٕ کٔرِن زخمن چھےٚ مرہم تےَ جایہِ جایہِ گلزار گرٛھِ نارس
بلہٕ نم دأدی تے ژلنم غم تےَ دمہٕ دمہٕ نمہٕ تس معبودس

☆☆☆

مۆرِ چھُم للہٕ وُن دۆرِ رُک نارا
بلہٕ ہا چانہٕ دیدارَے ءستی
ژۆرِ پأٹھی ہاوتم نۆرِ روخسارا
بلہٕ ہا چانہٕ دیدارَے ءستی
صۆرت بند کہِ سودا گارا
منتظر رۆزِتھ چھُس ہر سۆ
غوصہٕ تراو پرارَے در انتظارا
بلہٕ ہا چانہٕ دیدارَے ءستی



ہا پانہٕ غأفل بے گَسے وۄنی نو لَسے وۄنی نو لَسے
مس گوس بدُنیا کمہِ مسَے وۄنی نو لسَے وۄنی نو لسَے
وُنی واوِ زیرا اکھ ایی دۄد رِس فُرِس دأرِتھ دِیی
شاخن کری بیۆن بیۆن تھزٕ سے وۄنی نو لَسے وۄنی نو لَسے



مےٚ چھُم در دل سبٹھاہ ارمان اِیمنا
سُہ کان لطف و احسان جانِ اِیمنا
مےٚ پراران لیہِ لوسم وتہٕ وُچھأنی
سُہ عأﻟی شان شہِ دوران اِیمنا



## علی شاہ تہٕ دٕہ عذاب

علی شاہ صأبنہِ یمہٕ درجنہٕ واد کتابہٕ چھپےٕ مژ چھےٚ تمن منز چھےٚ دٕہ عذاب تہٕ اکھ۔ امہِ کتابہِ ہُند سالِ تکمیل چھُ أمی کتابہٕ ہندس پتمس صفس پیٹھ ۱۳۷۰ھ لیکھتھ تہٕ اتھ ستی چھُ یتہِ لیکھتھ زِ مصنف سنز یمہٕ کتابہٕ چھےٚ اوتام چھاپ ءگمژ:۔قصۂ شاہ منصوٗر، جنگ زیتوٗن، وفات نامہٕ تہٕ قصۂ تمیم انصار۔ ''دٕہ عذاب'' کتاب چھےٚ ژکہِ اکہ حدیثِ شریفچ باوتھ کران یتھ اندر یہ چھُ معلوٗم سپدان زِ اکھ زنانہٕ آیہِ اکہِ لٹہِ پیغمبر اسلام حضرت محمد الرسول اللہ ﷺ ہس نش فری یادٕ تہٕ کوٗرکھ عرض زِ تمس أس اکھ سبٹھاہ رژ کوٗریس جوأنی منزے وفات گیہِ تہٕ سوٗ چھنہٕ زانہہ تہٕ أمس خابٕ یوان۔ سو وُچھہے زٕ أخرتس منز کیاہ چھُ تمی سُند حال۔ نبیؐ صأب چھُس اکھ وظیفہِ دِوان یمہِ ستی سہ کوٗر چھےٚ تمس زنانہِ خابٕ یوان تہٕ تمس چھےٚ دٕہن عذابن منز مبتلا ڈیشان۔ یہ سزاہ چھُ تمس تمن دٕہن گونہن موکھ دِنہٕ یوان یم سو دنیاہس منز کران أس۔ واقعُک ابتدا تہِ چھُ یمو شعرو ستی شروٗع گژھان۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| دوہٕ | اکہِ | سرورِ | دُنیا و دینؐ |
| أسی | اندر | ذکرِ | ربُ العالمین |
| ناگہأنی | آیہِ | زناناہ | در زمان |
| دیدہ | گریاں | سینہٕ | بریاں ناتوان |
| عرض | کوٗرُن | پیشِ | شہہِ دو جہاںؐ |

اے رسولِ مفقرِ کون و مکانؐ
اٚس کۄرا مےٚ رفیق و بس شفیق
روٗیے زیبا خوش نما و خوش طریق

یِتھے کٔنی چھےٚ پتہٕ اٚمس کورِ ہنٛدی واریاہ صِفتھ ۂگنٛز راٚوتھ عرض کران زِ یہٕ کۄر موٚیہٕ ہنگہٕ منگہٕ مگر دُبارٕ آیم نہٕ خاٛبٕ تہٕ ۔ یہٕ کۄر گُژھ مےٚ خاٛبٕ ہٕنزٕ تہٕ مےٚ گوٚژھ پےَ لگُن زِ اٚمی سُند حال کیاہ چھُ اٚخرتس منٛز ۔ نبی صاٛبؐ چھِ اٚمس زنانہِ خوفتنہٕ پتہٕ ژور رکاٛژ نفل یِتھ ۂکنی پرٕنٛک وظیفہٕ دِوان زِ گوڈنچہِ رکاٛژ منٛز پرِ سورۂ فاتحہ پتہٕ سورۂ والشّمس ۔ دویمہِ رکاٛژ سورۂ واللیل، تریٚمہِ سورہ والضحیٰ تہٕ ژوٗرِمہٕ سورۂ الم نشرح ۔ سلام پھرنہٕ پتہٕ پرِ چار زانو بِہتھ توٚ تام درۄدِ یوٚ تام نِندٕر پیِٚیس ۔ یہٕ عمل اٚسس جُمہکہِ شبہٕ کرٕنی ۔ اٚمی زنانہِ کوٚر ای تہٕ امہِ ۂتی آیس یہٕ کۄر خاٛبٕ ۔ یہٕ وُچھن دہن عذابن منٛز مبتلا ۔ تکیا زِ اٚمی اٚسی دنیاہس منٛز داہ گوناہ کٔری مٔتی ۔ یہٕ اٚسنہٕ جان پاٛٹھی نماز پران ۔ ووڈٕ نٔنی اٚس روزان اٚکی ۂنٛز کتھ بِنٛیس وٕنتھ اٚس فتنہٕ تُلان ۔ پوٚژھ وُچھتھ اٚس ڈیکس دژٕہ کھالان، ۂچ جسم نمائش کٔرتھ اٚس نٔخرٕ کٔری کٔری وتہِ پکان خاوندٕ ۂنٛز نافرماٛنی اٚس کران ۔ خاوندٕ ۂندِ اِجازتہٕ وراٛے اٚس ووپرشرٕ ہن پٔنٕن دود چاوان تہٕ خاوندٕ سُند مال خرچاوان ۔ آوارٕ اٚس نژان تہٕ ووپرن ۂتی پھیران تہٕ کتھٕ کران ۔ یَمو گونہوٕ کنٛی اٚس یہٕ کۄر نارٕکس دارس پٹھ کھاٛلتھ رنگہٕ رنگہٕ عذاب دِتھ زالنہٕ یِوان ۔

یہِ حدیث تفصیلہٕ سان نظماونُک مقصد چھُ علی شہس یہِ اوسمت زِ تمام

ماجہ ببنہٕ گژھ یمو گونہٕو نشہِ یوٚت تہٕ تیوٚت ہٕچھ روزنہِ۔ تہٕ باحیاتہٕ نیک زندگی گژھ گزارنہِ۔ حالانکہِ ییتھ نظمہِ منز چھنہٕ کُنہ تہِ جایہ یہ توٗر دِنچ کوشش کرنہٕ آمٕژ زِ یہ کہانی چھےٚ ژکہِ أکس حدیثِ پاکس منز درج۔ علی شاہ صأبن چھےٚ زنانن پاکبأزی ہیچھناونہٕ خاطرِ وعظ خانی بدلہٕ تمثیلی طریقہٕ ورتاوٕنچ اکھ کامیاب کوٗشش کٔرمٕژ۔ امہِ سٍتی چھےٚ کتھ پُر اثرتہٕ جذبن متاثر کرن وانجی بنےٕمٕژ۔

دَہ عذاب نظمہِ منز چھےٚ گوڈ پیٹھٕ اندس تام اکی بحر ورتاونہٕ آمٕژ تہٕ اتھ زیچھِ نظمہِ چھنہٕ باب بندی تہِ کرنہٕ آمٕژ یمہِ سٍتی یہ رژھ کھنڈ پرن وِزِ پٹٕی چھِ انان۔ نظمہِ منز چھِ حسب ضروٗرت شعرن، تشبیہن، استعارن، علامتن، اِشارن تہٕ ابہامن ہندی گہنہٕ تہِ لاگنہٕ آمتی۔ نظمہِ منز چھُ اماپوٚز فأرسیک یوتاہ غلبہ زِ کُنہِ چھ شعرن منز صرف اکھ زٕ لفظ کأشرِ ورتاونہٕ آمتی تہٕ بأقی چھُ سورُے فارسی مثلن ۔

| | | | |
|---|---|---|---|
| یام | گٔرہس | دفن | بہٕ | اندر | قبر |

یام گٔرہس دفن بہٕ اندر قبر
تام حأضر گےٚ ملکھ جورا زبر
زشت روے و سہمگین و خشمناک
پُر غیظ و بس شدید و ہولناک
اولاً پزٕوٗ ژھہم زِ تقصیرِ نماز
کہ نکردی تو نمازِ با نیاز

تاہم چھُ نظمہِ منز ڈرامأیتک عنصر قأبل داد۔ پٔرتھ کانٹہہ منظر چھُ

ژھوٹ تہٕ مختصر۔ مناجات ژ ژورشعر، نعت شعر جوراتہٕ ژ ژورشعر منقبتکو ونی تھٕی چھےٚ دلیل شروع گژھان۔ تتھے ٔکنی چھے نظمہِ منز کُنہ کُنہ منظر نگأری تہٕ کرنہٕ آمژ مثلن۔

نارٕ ِکس دارس أکس پٮ۪ٹھ لُزمژی
روپہ تن تس نارٕ سأری دٕز مژی
تام لُزہس نارٕ ِکس یتھ کأٹھی ٔہی
سوختہٕ گوٚمُت چھُم مےٚ پانس ٹأٹھہِ ٔہی

مجموعی طور چھےٚ دہ عذاب اکھ کامیاب نظم تہٕ اکھ خاص مقصد ہتھ لکھنہٕ آمژ۔ امہِ کتابہِ ہندس أخرس پٮ۪ٹھ چھُ لیکھتھ ''تمام شد رسالۂ دہ عذاب درسال ۱۳۷۰ھ۔

## علی شہنز باقی تصنیفات

علی شاہ ِنس أکس قلمی نوسخس پٮ۪ٹھ چھےٚ تمی ٔسنز اکھ اڈلیچ نظم موجوٗد۔ أڈ چھےٚ کاغذ کیٚمو کھیمژ تہٕ کینہہ حصہٕ چھُس رأوی مُتی۔ امہِ نظمہِ ٔستی چھُ اسہِ واریاہس حدس تام أمی ٔسنزن تصنیفاتن ہُند پے لگان۔ یہ نظم چھےٚ ہتھ ٔکنی۔

ووٗنُم جنگ زیتوٗن و زین العرب
(دوٕیم مصرٕ چھُ کیٚمی بُزی گوٚمُت)
ووٗنُم جنگ بیر الالم جنگ تال
ووٗنُم جنگِ خاور بجہدِ کمال

وٗنم مےٚ گُلِ بکاولی سوزناک
گرٚھان دأدی لد ہٗوزی تھی فرح ناک
وٗنم بیب صأبُن قصہٕ وعظ وپند
بٚیہٕ قصہٕ مندود سُند دل پسند
کتاب وفاتِ شہہ دو جہاںؐ
شُراہ شتھ تہٕ کینٛہہ ہأتھ کرے مےٚ بیان
ہیٚرٕم چار درویشی مےٚ وٗنی
ترٚے ہتھ تہٕ ترٚے ساس ہأتھ یامتھ سپٕنی
نَیم خأدِمن أکی سو ژوٗرے کڈِتھ
قسم کرنے دژاو پھٕرِتھ اِدٕ ہٕدِتھ
سُہ شاگرد اوسُم قدیمی مُرید
فرِس ستیٖ شیطان زِ دہٕن گوو درید
ونتے بنہٕ ہے دَہ پنٛدہ ہأتہٕ ساس
تٕمس بے وقوفس پیٚہ گوو نہٕ قیاس
دوٗیُم اِد کینٛہہ شتھ مغاذُ النبیؐ
لیٚوکھُم تا وفاتِ شہہِ عربیؐ
دوٗیُم فارسی پاٹھی بہرام گور
سوتے نیہِ شاگردٕ نَے أکی بزور
بہارس وُچھتھ مکرِ زن مےٚ ووٗنم

یہ تتھ شوبہٕ ہے تیٚتھ بیاناہ دِتُم
شُمارس اندر آیہٕ نوشتھ سوپوٗر
کَڈِتھ کر ہیچِم مےٚ سو نزدیکھ و دوٗر
دوہٕ اکہِ دردل خیالا ووتھُم
کوٗرُم تیٚتھ بیانا زِ گونہا ہیوٚتُم
یتُھے کَڈ مےٚ ترٚاوِم پتھر سربسر
تِتھے واتی محی الدین حاج از شہر
بیٚیے قصہٕ شاہ عمر خطابؓ
وٕنم پوٗرٕ پاٹھِن بصد آب و تاب
(امہِ پتہٕ چھ بیٚیہٕ تہِ کینٛہہ شعر اَسی مٔتی مگر تِم چھِ کیٚمی بُزیٔ گمتی)۔

یہِ نظم زیرِ نظر تھاوِنہٕ، دستیاب کتابہٕ وُچھنہٕ تہٕ باقی شہادتو مطابق یُس فِرس علی شاہ صابٕنِن لیچھمٕژ ن کتابن ہُند چھُ سرٕ گرٕ ھان سُہ چھُ یتھ ءِ کنی:

| | |
|---|---|
| ۱۔ جنگ زیتوٗن | ۲۔ قصہٕ زین العرب |
| ۳۔ جنگ بیر الالم | ۴۔ جنگ تال |
| ۵۔ جنگ خادر | ۶۔ گل بکاولی |
| ۷۔ قصہٕ بیب صاٮ٘ب | ۸۔ قصہٕ منددو شاہ |
| ۹۔ وفات نامہٕ آنخضورؐ | ۱۰۔ قصہٕ چار درویش |
| ۱۱۔ مغاذ النبیؐ | ۱۲۔ قصہٕ بہرام گور |
| ۱۳۔ مکرِ زن | ۱۴۔ قصہٕ شاہ عمر ابن خطابؓ |

| | |
|---|---|
| ۱۵۔ جنگ خیبر | ۱۶۔ ردِ وہابی |
| ۱۷۔ قصۂ شاہِ روم | ۱۸۔ معجزۂ یمن |
| ۱۹۔ قصۂ منصوٗر | ۲۰۔ واقعۂ کربلا (شہادت حسینؓ) |
| ۲۱۔ جنگ دینوٗر | ۲۲۔ خدیجہؓ نامہٕ |
| ۲۳۔ جنگ امام حنفؓ | ۲۴۔ جنگ احد |
| ۲۵۔ قصہٕ ہارون رشید | ۲۶۔ نوٗر نامہٕ |
| ۲۷۔ ترجمہ ضروری بابا داوٗد خاکیؒ | ۲۸۔ قصۂ اصحاب کہف |
| ۲۹۔ تحفۂ سُنیہ | ۳۰۔ دٕہ عذابِ قبر |
| ۳۱۔ قصۂ تمیم انصار | |

امہِ علاوٕ چھےٚ کم تام بێیہِ زٕ کتابہٕ یِہُند ناوٕ ہیوٚ کنہٕ مولوٗم سپدٕ تہٕ تکیا زِ علی شہن چھُ پانہٕ وۄنمت زِ تموٚ چھےٚ پنٛژٕ ترٕہ کتابہٕ لیچھمٕژٕ۔ یِتھٕ کٕنی نظمہِ منٛز بیان چھُ کرنہٕ آمُت زِیمو کتابو منٛزٕ چھےٚ ''وفات نامۂ آنحضورؐ'' کتاب شوراہ شتھ علاوٕ ے شعرن پیٹھ مشتمل۔ قصۂ چار درویش کتابہِ اُسکھ ۳۳۰۰ شعر لیکھِ متی مگر یہ ہێنس کمی تام شاگردن ژوٗرِ نتہٕ آسہن تمی اتھٕ قصس دٕہ پنٛدٕہ ساس شعر لیکھِ متی۔ بہرام گور سُند قصہٕ اوسکھ فارسی پاٹھی لیوٚکھمُت سُتہٕ ینوٗنس کمی تام شاگردن۔ مکرِ زن مثنوی اُس نوٗن شتن شعرن پیٹھ مشتمل تہٕ باقی کتابن ہُند ذکر سپدِ بڑٕ ونہٕ کُن۔

علی شاہ صابنہِ تمہِ زمانہٕ چہٕ کتابہٕ وُچھتھ چھُ اسہِ تمہِ زمانہٕ تہٕ ازکل چن کتابن ہندِ قمٕژ فرق تہٕ بدٕ نیران تہٕ یہِ اندازٕ تہٕ لگان زِ قمتھ کأتیاہ چھِ

بڑیا مُتی ۔ کیٖژن چھاپ سپدیمژن کتابن چھُ یتھٕ کنۍ قیٖمتھ لیکھتھ :

١)قصۂ مندود شاہ............ژٕ آنہٕ۔

٢)جنگ زیتوٗن............ژٕ آنہٕ تہٕ اکھ پوٗنسہٕ

٣)وفات نامہٕ..............ژور آنہٕ۔

٤)قصۂ تمیم انصار..........ڈاے آنہٕ۔

٥)جنگِ تال............سوادا اکھ آنہٕ۔

٦)جنگِ دینوٗر............سوادا اکھ آنہٕ۔

٧)جنگ بدر............ژٕ آنہٕ۔

٨)قصۂ بہرام............ژور آنہٕ۔

٩)دہ عذاب............اکھ آنہٕ تہٕ اکھ پوٗنسہٕ۔

10)جنگِ امام حنف............ژور آنہٕ۔

دہ عذاب کتابہِ علاوٕ یمہِ باقی تصنیفات علی شاہ صأبنۍ اتھِ چھِ آمتۍ تمن متلق چھےٚ یتھٕ کنۍ زان یوان کرنہٕ۔

## توحفۂ سُنیہ

یہ منظوم کتاب چھےٚ علی شہن وہأبی یعنے اہل حدیثِ فرقس خلاف تہٕ تِہندی عقید غلط ثابت کرنہٕ خأطرٕ لیچھمٕژ۔ یہِ چھےٚ ۱۳۳۰ھ منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ امیُک گوڈنیُک حصہٕ چھُ زیوٗٹھ تہٕ لیکھنہٕ تہٕ چھُ آمُت ژیچھِ بحرِ منز ی۔ دوٗیُم حصہٕ چھُس ژھوٗٹ تہٕ لیکھنہٕ تہِ چھُ آمُت ژھوچہِ بحرِ منز ی۔ اُسلوب چھُس فقیہانہ تہٕ زبان چھس عام فہم تہٕ شُستہٕ۔ اکثر واقعن ہُند

تأریخی حوالہ چھُ حاشین پیٹھ درج۔ مُستند حوالہٕ دِتھ چھےٚ یہِ کتاب محققانہٕ تہٕ مُستند بناونچ کوشش کرنہٕ آمژ تہٕ مُصنفن چھُ پننِ نظریہ پوٚزتہٕ بہتر ثابتھ کرنچ کوشش کرٕمژ۔ کتابہِ ہُند گوڈنیُک حصہ چھُ ۱۱۳۷ تہٕ دویم ۹۰۹ شعرن پیٹھ مُشتمل۔ اِتھ کنی چھےٚ پوٚرٕ نظم دوِن ساسن تہٕ شیٚیہ تاجین شعرن ہنٛز۔ یہِ منظوم کتاب چھےٚ علی شہن پننہٕ نِسٲکس مورشد عبدالعزیز ترٲلی سٕندِس حُکمس پیٹھ لیچھمژ۔ کتابہِ ہُند طرزِ بیان چھُ ہناتیز مثلن۔

پوٚزٕ ے بوزکھ تہٕ وأجب چھِ یہِ بوزُن

وہابن نِشہِ رُت چھِ دوٗر روزُن

نہٕ یمہٕ وأعظ نہ یم مفتی نہ قأضی

پھران لوٗکن کران بدکار سأزی

کران معنے حدیثس تہٕ قرآنس

زِ خود بستہٕ یہٕ آسکھ راے پانس

اتھ نظمہِ منز چھُ علی شہن اتھ مقابلہٕ پننہِ عقیدٕ یتھٕ کنی ظأہر کوٚرمُت۔

معاذ اللہ یہٕ چھُکھ فأسد عقیدہ

چھِ زِندے ربہٕ سندی یمہٕ برگزیدہ

توٚے کھور رٹھتہٕ پیرن تہٕ فقیٖرن

ژٕ ہوشہِ گژھتہٕ بروٚنہہ کُن گوشہِ گیٖرن

یمِس نہٕ پیرتس چھِ پیر شیطان

چھُ بے پیرس کرأنی گیر شیطان

علی شاہ صاٗب چھُ یہِ دلیل دِوان زِ اگر قرآنہٕ مطابق راہِ خُدا ہس منز شہید سپدن وألی زِنٕد چھِ تہٕ خُدایہِ سُنٕد رزق چھِ کھیوان تیلہِ کیازِ چھنہٕ دینِ حقہٕ خاطرِ وأنس گزارن وألی اولیاء تہٕ زِنٕد۔ اکھ اگر کأفرن ستی جہاد چھُ کران تہٕ بیاکھ چھُ نفسِ شیطانس ستی لڑان۔ کتابہِ منز چھُ بقولِ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی اکُے وشفہٕ۔ سُہ گوو یِز علی شہن چھُ محمد بن عبد الوہاب بجایہِ وٕہابیتُک بأنی غلطی سان عبدالوہاب ذونمُت۔

## وفات نامہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم

یہٕ وفات نامہٕ چھُ غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج رنبیر گنج بازار کہِ اہتمامہٕ چھپیومُت تہٕ چھاپ خانہٕ چھُس کوہِ نوٗر پرنٹنگ پریس، چھپن وٕری چھُس ۱۳۶۰ھ درج۔ علی شہن چھُ امہِ کِہن شعرن ہُنٕد تعداد پانٔے کتابہِ ہندِس أخری شعرس منز یتھٕ کٔنی لیُوکھمُت۔

یم پرن بوزن تہٕ روُن بہٕ رضا
یا اللہ دِکھ سارِنے رُت رُت جزا
ظأہرن ابیاتِ نقلِ این کتاب
اکہٕ نمتھ تہٕ پندہ شتھ در حساب

مطب یہِ زِ کتابہِ منز چھُ کُل ۱۵۹۱ شعر۔ یہِ وفات نامہٕ چھُ اوسمُت علی شہن اصلی ۱۳۲۷ ہجری منز لیُوکھمُت۔ یمِچ باوتھ سُہ أمی کتابہِ ہندِس أخری صفس پیٹھ پانٔے چھُ کران۔

اوس ترٛوٗواہ شتھ تہٕ ستووٕہ سنہٕ

وۆن وفاتِ مصطفیٰؐ بۆزِو کنہٕ
اوس وۆنمُت بعضو زِایں پیشتر
اوس اکھ نا دُرست دوم موخصر
ہنگہٕ منگہٕ جذبہٕ کۆر آنسرورنؐ
نتہٕ مے ہیوٚ چھا پرَن کأشُر کرن
شکر لِلّٰہ گوو دوہن اندر تیار
خاص و عامن ییہٕ گاہ پرٕنس بکار
وفات نامہٕ لیکھنک وجہ تہٕ چھُ مصنفن یتھٕ کنٕی بیان کۆرمُت ۔
لیک در دِل ای غرض اوسُم پنُن
گۆژھ رسالہٕ پوٚر پأٹھن یہٕ بنُن
بوزٕہن لُکھ روزٕہن در خوفِ موت
زانہٕ ہَن اٰخر گرٕھُن سارِنَے چھُ فوت
یہٕ کتاب چھاپنکی اخراجات چھِ شہرٕ کی کمی تام نورالدین تاجران کتب صأبن برداشت کری مٕتی ۔ یمیچ باوتھ علی شاہ پانَے چھُ کران تہٕ ونان زِیتھے یہِ کتاب مے انْدواتنو ۔
تام ووٚتُم شہرٕ کےٚ بوٚڈ حأجاہ
رحمتِ رضوان حقک راجاہ
تأجرا رُت شأعرِ شیرین سوخن
عألماہ با عمل و آداب زمن

عاشقا با دردِ و سوزِش تیر ہین
مُشہرِ نامی محمد نور الدین
امر کوٚرنم یُس ژٔے گرٕمژ چھے کتاب
از وفاتِ سرورِ عالی جنابؐ
زوٚد آسٕن بہٕ وُچھن تہٕ چھاپوٚن
نفع لوٗکن واتہِ یم پڑتھ جایہِ پرٕن
یام اٴسنم ہیرِ بوٚن کرٕنس نظر
خوش سپُن بوٗزِتھ سُہ شاعر ناموٚر
تٔمی پسند کرٕنم سپن خاطر مے جمع
وُچھتہٕ ییتھ ہبن لوٗکھ ساری باطمع

علی شاہ ہری لہ سُندلیوٗکھمُت یہِ منظوم وفات نامہٕ چھُ کینژ وحمد یہ شعرَ و ستی شروع گژھان ۔

حمد تس یُمی پاٚدٕ کوٚرمُت حیات
تس سِوا کانْہہ روزنہٕ باقی بذات

حمد یہ شعرَ و پتہٕ چھُ کینژن شعرن منز مناجات ۔

اے خدا بنگر برحمت سوے من
تازٕ کُن از نوٗرِ عرفان رویِ من
یُد گرِم بدکار اوسُس بد عمل
کارِ دنیا سخت زانیوٚم دہن سہل

تی کوٗرم مے یتھ نہٕ اوٗسم کینٛہہ تہٕ سوٗد
کتھ زایوٗس کتھ آیوس در وجوٗد

امہٕ پتہٕ چھِ وفات نامس متلق کینٛہہ تمہید یہ شعر ـ

بعد حمد و نعت اکھ ساتھاہ ژٕ روز
پرٕ وفاتِ مصطفےٰ کرتازٕ سوز
کرتہٕ فِکرا وُچھتہٕ تیوٗتھ سلطانِ دیٖن
آفتاب روشن از رشد و یقین
روٗد ما یتہِ سُتہِ در دُنیا مدام
وونی کمیوٗک نخوت ژٕے چھی اے مردِ خام
زاو یُس سُہ آو کر یوٗت ییٖنے
موتٕنے سُہ آو شربت چیٖنے

امہٕ پتہٕ چھُ اکھ وژُن یتھٕ کنٛی ـ

ہا پانہٕ غافل بے کسے وونی نو لَسے وونی نو لَسے
مَس گوکھ پدُنیا کمہِ مسے وونی نو لَسے وونی نو لَسے
یُس آو یور تس چھا درُن آخر مرُن آخر مرُن
کل کر پنٕنی مو ڈل حسبے وونی نو لَسے وونی نو لَسے
کوتاہ گوٗمُت چھکھ مست حال کس ہتی پوٗک اولاد و مال
قبرِ کُن زن ہووسَے وونی نو لَسے وونی نو لَسے

امہٕ پتہٕ چھُ دُعاتہٕ دُعاپتہٕ وفات نامہٕ یتھ کنٛی شروٗع گژھان ـ

یُد ونے روزکھ مے نِش بوزکھ کنے
پکھ وفاتِ مصطفےٰؐ کاشُر ونے
گُنہٕ تۄہیم اُس صفرٕنی بودوار
گوو سۄ سردارِ دو عالمؐ بے قرار
کلہٕ دادیوٚک اوٕلن آزاد گوکھ
کڑیوٗٹھ تباتَتھ اندر اظہار گوکھ
تۄرن دوہن اندر تپن تُل تیوٚت شور
ہیکِو نہٕ وٕتھتھ جایہٕ پیٹھے اوٕر یور

امہِ پتہٕ چھِ حضرت ابن مسعودؓ، حضرت عائشہ صدیقہؓ، حضرت ابو سعید خدریؓ، حضرت اُم البریٰ، حضرت فاطمۃ الزہریٰؓ، حضرت ابنِ عباسؓ، حضرت معاذ بن جبلؓ، حضرت علی مرتضیٰؓ تہٕ بیٚین کینژن صحابہٕ کرامن ہنزن رِوایتن پیٹھ مُبنی وفاتک واقہٕ برونٹھہ یِوان پکناونہٕ۔ اما پوٗز منژی منژی چھِ کینٹھہ نعت تہِ لیکھنہٕ آمتی

یا نبیؐ اتھ ہمتس قوربان لگے
چھُکھ شفیقا اُمتس قوربان لگے
از طفیل تو نباشد کاینات
شوقِ رب العزتس قوربان لگے
آسہٕ ہکھ نے آسہِ ہے نہٕ کانٹھہ تہِ چیز
اتھ کمالِ عظمتس قوربان لگے



یا رسول اللہ سٹھاہ چھُم اضطراب
والضحیٰ روے ہاوتم ساتھاہ انتخاب

لولہٕ چانے ہولہٕ مُنڈ چھم گٔمژی
واے جانس ہاے پانس پیٚمژی

چھُم بٔنتھ آمُت ؤنتھ کُس زانہٕ حال
ووٚنی دٕنتھ متہٕ تراوتم کورمَے سوال

راتہٕ اکے مِنتھاہ بٔڈ تھاوِتم
ساتہٕ اکے رویے انور ہاوِتم



یا نبی محترمؐ کرم کرتم عاجزو زارم کرم کرتم
قامتس خم ژٔلبم زِ بارِ گناہ شُد نگون پیکرم کرم کرتم
ژٕ ی امام الہدیٰ شفیعِ اُمم شاہ دیرٕ و حرم کرم کرتم



مےٚ چھُ درِ دل سٹھاہ ارمان اِیمنا
سُہ کانِ لطف و جانِ جانِ اِیمنا
وندس پادن بہٕ سرلادن تھوہمنا
بہٕ نادان چھُس سُہ ذولاحسان اِیمنا



وفات نامہٕ کس اختتامس پٮ۪ٹھ چھُ اکھ غزل نما افسوس نامہٕ یِتھ ءکنہٕ

کران چھُس کار ہایے نا مناسب
لِکھان چھِم بیٚون بیونٕے افسوٚس افسوس
جگھِتھ جوٗرِتھ دوہس راتس ژٹان پان
دِتُم غاٗرن گُنے افسوٚس افسوٚس
دِتُم نہٕ راہِ حق زانٮ۪ہ گرِدہٕ نان
تہِ بو ءستی نیٚونے افسوٚس افسوٚس
علؔی خود کارِہا نامہٕ سیاہ ہو
ژٚے خود چھُے پرٕنُے افسوس افسوس
ڈٕچھُن بوٗزِتھ کھوٗور ترٚووٗتھ ژٚے سوٗرے
ژٚے کوٗنہٕ کینٮ۪ہ تہِ سوٚنُے افسوس افسوس

## جنگِ بیرالالم

جنگ بیرالالم چھُے علی شاہ ہٕرِل سٕنز اکھ مشہور رزمیہِ، امہِ کس قلمی نوسخس تہٕ چھاپی نوسخس منز چھُے کینژن جاین واریاہ فرق لبنہٕ یوان۔ مثلن قلمی نوسخن منز چھِ کُل ہٕل ۴۵۸ شعر یٮ۪لہِ زنہٕ چھاپی نوسخس منز ۴۶۷ شعر درج چھِ۔ قلمی نوسخٕکی أڈی شعر چھنہٕ چھاپی نوسخن منز کُنی تہٕ چھاپی نوسخکی کینٮ۪ہ شعر تہِ چھنہٕ قلمی نوسخن منز کُنی درج۔

بیرالالم رزمیہ تہِ چھُے غلام محمد نور محمدن چھپوٚمُت تہٕ چھاپ خانہٕ چھُ رِفاہِ عام سٹیم پریس لاہور کتابہِ پٮ۪ٹھ چھُ مصنف سُند ناو، مولوی علی بابا صاحب

ساکن ہٕرِل لیکھتھ۔ سن اشاعت چھُس ۱۳۴۶ ہجری۔

یتھ جنگنامس چھُ حمد تہٕ نعتہٕ ستیٖ ڈٖسی لابہٕ آمُت کرنہٕ۔

حمد تس پأدٕ یمی کوٚرمُت جہاں
زمان و زمیں ہا وُنہٕ آسمان
چھُ سُے وحدہٗ لاشریک لم یزل
بشاہی تمِس زانٛہہ لبکھ نہٕ خلل

داستانِ جنگ چھُ یمو شعرو ستیٖ شروع گژھان۔

پس از حمدِ حق نعتِ شہِ جہاںؐ
کرے جنگ بیرُ الالم بیان
رِوایتھ کران جعفرِ کامگارؓ
ملقب بطیار یُس نامدار

وأں چھُ سوال زِ بیرالالمُک جنگ چھا گوٚمُت تہِ زانٛہہ کُنہٕ نہٕ اسلأمی تراوٕنکس منز چھنہٕ اتھ کانٛہہ مُستند رِوایتھ میلان۔ علی شہن چھُ لیوکھمُت زِ اتھ جنگس متلق چھِ جعفر طیارؓ رِوایتھ کران مگر رِوایتھ کتہِ نس چھےٚ درج تہِ چھُنہٕ وننہٕ آمُت، تیٚلہِ کتہِ لٔب علی شہن یہٕ داستان امیُک حوالہٕ تہِ چھُنہٕ رزمیس منز کُنہِ تہِ دینہٕ آمُت۔ اما پوٚز کُمی تام شأعرن چھےٚ واریاہ بروٚنٛہہ اکھ مثنوی ''مضمونِ جنی'' لیچھمٕژ تتھ منز چھےٚ بیر الالمٕچ داستان تتھےٚ کٔنی وننہٕ آمٕژ یتھ کٔنی علی شہن چھےٚ لیچھمٕژ۔ ممکن چھُ علی شہن آسہِ یوٚہے مثنوی پٔرتھ یہِ نظموومٕژ۔

''جنگ بیر الالم'' رزمیس منز چھِ واریاہس حدس تام مافوق
الفطرت تہٕ دیو مالأئی واقعات بیان کرنہٕ آمتی یمہٕ عٔقلہٕ ہٕنز تارٛژ پٹھ
چھنہٕ کھسان۔ اتھ رزمیس منز چھُ حضرت علیؓ شیرِ خدا لچھِ وادن دٮ۪ون تہٕ
جِنن ہٕتی لڑکران تہٕ تِمن زیر کران۔ رزمیک طرزِ اظہار چھُ جذبأتی تہٕ
جوشہٕ بوٗرُت۔ واقعاتن منز کأژاہ صداقت چھےٚ سواوک طرف ترأوتھ
چھُ مانن پیوان زِ شأعر چھُ قأرِیس جذباتن ہٕنزن لہرن منز پٕژی پأٹھی
پانس ہٕتی ڈُہتھ نِوان۔ حضرت علی مرتضیٰؓ سندین کراماتن کُس اکھ ہیکہِ
اِنکار کرٕتھ مگر مبالغن تہٕ چھُ حد آسان مثلن علی صأب رؤدی سدہن
دوہن تہٕ سدہن رأژن أکس کژ یرس منز تھکھ دِنہٕ ورأے لچھِ وادن
جِنن تہٕ دٮ۪ون ہٕتی جنگ کران تہٕ پتہٕ کھولکھ جِنن ہٕندس بادشاہ سُند نچو
پانَس ہٕتی تہٕ پأغمبر صأبس نِش أنتھ بنوٗکھ مسلمان۔ پتہٕ سوزُکھ واپس
پننہٕ نس علاقس کُن۔

''بیر الالم'' لفظک معنے چھُ الم مأدانک رِکژٕ راتبن اُس مسلمانن
ہندس قأفلس تریش لٔجمٕژ، اتہِ اوس اکھ کرٕ رمگر یہ اوس جِنن ہٕنز ملکیتھ۔ اتہِ
چھُ علی صأبؓ قرطاس، طیٔور، سمرات، دأحل تہٕ عدمُر زمان جِنہٕ پہلوانن
ہٕتی الگ الگ جنگ کران۔ اماپوٚ زشأعر چھُ جنگی جدوجہد وہتلاونس منز
ناکام رؤدمُت تہٕ ہر کانٛہہ معرکہٕ چھُ سرسری لڑایہ پتہٕ علی صأبنہٕ کامیأبی ہٕتی
اند واتان۔ یہٕ رزمیہ چھُ فعولن فعولن فعولن فعول یعنی بحرِ متقارب مثمن
مقصورس منز لیکھنہٕ آمت۔

گرِکھ کینْہہ صُحٲبی تِمِس سٟتی یار
روانہٕ سپٕدی زٕوٗد از بہر کار
ژٕ وُچھ ووٗنی گُنے زُن یمن کیاہ کرکھ
بفضلِ خدا لرِ سٲری پھِرکھ

یتھ رزمیس منٛز تہٕ چھُ علی شاہ حسب عادتھ یسلہٕ پٲٹھی فارسی الفاظ تہٕ ترکیبہٕ استعمال کران، اکھٕ تہٕ چھُ منٛزی منٛزی تِتھی شعر تہٕ لیکھان ییمہٕ چھر افارسی چھِ آسان مثلن ؂

دو بازوے او چوں دو شاخ درخت
درختے کہ باشد تناور و سخت
زٕ سوراخِ بینی زٕ سوراخ گوش
زِ چشمو دہن نار ہاران بجوش

کُلہم پٲٹھی چھےٚ یہٕ رزمیہ مثنوی ہنٛزٕ ی عام بحر تہٕ اوزانن ہنٛزِ ترکہِ برابر کھسان تہٕ مبالغہٕ تہٕ غلو باوجوٗد چھےٚ قٲریس تہٕ خاص کر عقیدت مندس پٮ۪ٹھ پٲٹھی مُتٲثر کران ؂

تہٕ بوٗزِتھ دپان آے تم سٲحری
دِتکھ نار ذٕری سویہِ صفدری
ژٕجکھ گٹہٕ کُفرٕچ تہٕ پژاگاش آکھ
دِلس دینِ اسلامکۍ گاش آکھ

☆☆☆

## قصہٕ شہادتِ امام حسینؓ

یمہِ مثنوی ہُند موضوع چھُ جنگ کربلا، واقعات کربلاتہٕ شہادت امام حسینؓ کہٕ واقعاتو نشہِ مختلف۔ یتھ منز چھُ اتھ برعکس حضرت امام حسینؓ سند ین قاتلن ہندِ قصاصٕچ دلیل یوسہٕ بیانیہِ رنگہٕ چہِ رزمیہ مثنوی ہندِس صورتس منز ۹۹۹ شعرن پیٹھ مشتمل چھےٚ۔ مثنوی چھےٚ گوڈٕ اکہِ مناجاتہٕ ستی شروع گژھان یتھ اندر ۲۹ شعر چھِ۔ امہِ پتہٕ چھِ شورہن شعرن منز حمدِ باری تعالا۔ پتہٕ چھُ شاعر مثنوی ہُند وجہِ تصنیف بیان کران ونان زِ امامِ ضریرن چھُ یہِ قصہٕ عربی زبانٕی اندر وونمُت یتہٕ پیٹھ یہِ فارسیہس منز منتقل گوو۔ تکیازِ اتھ اندر چھُ واریاہ سنبر توٚے پھیُر اُمی حکیمن (یعنی علی شاہ ہٕرٕلن) یہِ قصہٕ کأشرِ زبانٕی منز۔ علی شاہ صأب چھِ لیکھان

الٰہی عرض میٚون کرِ تو قبوٗل
فتح نامہٕ وٕنہا زِ آل رسوٗلؐ
امامِ ضریرن چھُ وونمُت عرب
دوٕیم صأحبن فارسی منتخب
چھُ در فارسی مانیس منز سنبر
چھُ کوٗشُر لبُن کأشرٕن منز ہونر
طبیبس ہوٚس گوو زِ کرٕہا بیان
امامٕن ہُندٕے قصہٕ کأشُر زبان

امہِ تلہٕ چھُ واضح سپدان زِ یہِ شہادت نامہٕ چھُ ژکہِ ''امام حنیف''

ناوِ چہ فارسی مثنوی ہُند کوشُر ترجمہٕ تہٕ یہ چھُنہٕ علی شاہ صابُن طبع زاد۔ یتہٕ چھُ مؤلۆم سپدان زِ شاعرٲسی کُنہِ علی۔ کُنہِ حکیم تہٕ کُنہِ طبیبؔ تخلص کران۔

تاہم تمہید بیان کرنہٕ پتہٕ چھےٚ سو داستان بیان یوان کرنہٕ یوسہٕ کربلاہک دلخراش واقہٕ سپدنہٕ پتہٕ امام حسین ہند بن قاتلن قِصاص ہنٛس ستی تعلق چھےٚ تھاوان۔ اتھ اندر چھِ ضریر جوارع مہیب بن نجبہ فرازی۔ ابراہیم بن مالک، اُشتر، حضرت جعفر، فضل، قاسم، عمر، ظنعان تہٕ امامِ حنیفؓ ہی کردار قابلِ ذکر تہٕ اہم۔ خارجین ہندو کردارَ ومنٛز چھِ عبید ابن زیاد، ابن سعد، یعقوب، شُمر تہٕ یزید گنزراونہٕ آمتی۔ یہ چھےٚ اکھ تارٟخی حقیقت زِ امام حسین سند بن قاتلن قصاص ہنٛس منٛز یُس رول موختار ثقفی چھُ ادا کران سُہ چھُ کربلا کِہ المیک اکھ اہم حصہٕ۔ مگر علی شاہ چھُنہٕ اتھ مثنوی منٛز موختار سُند ناوتہِ کُنہِ ہوان ییٚلہِ زنہٕ سُہ ظنعان تہٕ مسیّب کردارن مافوق الفطرت کارنامہٕ چھُ کرناوان۔ یُس مناسب چھُنہٕ باسان۔

یہِ مثنوی چھےٚ متقارب مثمن قصوٗر یعنی فعولُن فعولن فعولن فعوٗل بحرِ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ یتھ منٛز تہِ چھِ علی شاہ نبن باقی مثنوین ہندی پاٹھی فارسی الفاظن ہنٛز وُفوٗری تہٕ کُنہِ کُنہِ چھِ سوقیانہٕ الفاظ تہِ استعمال کرنہٕ آمتی مثلن۔

گٕرِکھ ہوٗنلاہ سوے گیکھ وُلتہٕ نالی
تمن اُس سوے جانبازی تپالی

یا

یہٕ لشکر تہِ گالی تہٕ والی ژٕے موٗن
گٕری تی کران موٗنہِ فوٗتس یہِ دوٗن

اتھ مثنوی منز چھُ مثنوی نگار یسلہٕ پأٹھی مبالغن تہٕ مافوق الفطری کارنامن کأم ہیوٚان۔ أکس جایہِ چھُ مکوٚک اکھ پہلوان پنُن گورز تُلِتھ دشمنس پٹھ وار کران۔ یہِ گورز کوتاہ چھُ بوٚزی تو علی شہ نی زبأنی۔

صد و شست من گورز اوُسس بہ کف
کوٚہستان ہیٚو بو پکان پیش صف

علی شاہ نبن بأقی مثنوین ہندی پأٹھی چھُ یمہِ کِبن شعرن منز تہِ فأرسی زبأنی ہُنٛد غلبہٕ تہٕ مُنزی چھِ شعرن ہندی شعر چھرا فارسی زبأنی منزٕی۔

علی اکبر و جملہٕ خویشان او
تمأمی زِ اخوان و اِقران او
بیا پیش اے تُرکِ فرزانہ کار
دِلس لول چھُم تَے رٕٹھ در کنار
بیأری پرور دگارِ قدیم
ہمو انتقام از یزید لئیم

یتھ منظوم داستانس منز چھُ علی شہن ''علی'' تخلص استعمال کرنہٕ بجایہِ ''طبیب'' تخلص استعمال کوٚرمُت۔ امہِ تلہٕ چھُ باسان زِ تمہٕ چھِ کُنہِ علی تہٕ کُنہِ طبیب تخلص استعمال کران۔ طبیب أسی زیٛہرا امہِ موجب لیکھان تکیا زِ تمہٕ أسی طبابت تہٕ حکمت تہِ زانان۔

طبیبس ہوَس گوو بہٕ کرہا بیان
اِمامن ہُنٛدے قصہٕ کأشرِ زبان

یا طبیبا ژٕ جل کر حنیفس خبر
تِمن بدرگن شوٗبہ، سقرٕچ تبر

## قصہٕ مندوٗ دشاہ

علی شاہ ہٕرِل صأبنِ یہِ مثنوی تہٕ چھےٚ غلام محمد نوٗر محمد پبلشرن چھاپ کٔرمٕژ۔ اتھ چھےٚ ژور ہتھ تہٕ ستتھ شعر علی شاہ چھُ گوڈے ونان زِ تِمی چھُ یہِ قصہٕ بدیع الجمالس اند روٗ چھمُت تہٕ پتہٕ کأشرِ اَوِتھ لیوکھمُت اتھ مثنوی منٛز چھُ گوڈٕ شہزادہ مندوٗ دٕشہنٛز تأریف کرانٕ ونان زِ مندوٗ دشہ چھُ رٮ۪ین ہُند بادشاہ تہٕ روزان اوس نمل وادی منٛز۔ تِمی ہٕندس فوجس منٛز آسہٕ لچھِ بٕژ رٮ۪یہِ شأمل تہٕ پانہٕ اوس مندوٗ دشہ اکھ نیکھ عأبد تہٕ عأرف بادشاہ۔ أمی ہٕندس مُلکس منٛز آسی ہٕ قسم وار میٹھی تہٕ مُدٕری موٚ تہٕ رٮ۪ین ہُند غذا تہٕ اوس ای۔ رٮ۪یہِ تہٕ آسہٕ حلال حرام زانان تہٕ عبادت گزار۔ کانٛہہ تہٕ رٮ۪نے اگر بیٚمار گژھِ ہے مندوٗ دشہ اوس خبرِ گژھان۔ مندوٗ دٕشہنٛز داستان چھےٚ گوڈٕ أکس کاوس پٮ۪ٹھٕ شروع گژھان یُس ہُش مُش نملہٕ کِس أکس باغس منٛز أژِتھ موٚ چھُ کھوان تہٕ رٮ۪یہِ فوج چھُ تس یہِ جرم کرنس پٮ۪ٹھ پنٕہ نِس بادشہس مندوٗ دشہس نش رٕٹِتھ نِوان۔ جرم چھُس یہِ لگان زِ کاون کٔرنہٕ حلالس تہٕ حرامس منٛز تمیز۔ بادشاہ چھُ کاوس بیان بٕژھان تہٕ کاو چھُس ونان زِ سُہ چھُ ژکِ رؤمہٕ کِس بادشاہ حضرت سلیمانؑ ہٕندِ نوکرو منٛزٕ اکھ یُس بادشاہس پنٕہ نِوٚ پکھوٚ ہٕتی سایہِ اوس کران۔ مگر اکِہ دوہٕ اوس تس پکھِ دودیٚمہِ موکھ سُہ سایہِ ہیوٚ کٔنہٕ کٔرِتھ تہٕ

پتہٕ رۄدس پزاه زِ سلیمان دِیہِ تس پننۍ ڈیوٹی نہ دِنس پٮ۪ٹھ سخ سزاتہٕ امی ڈرٕ
ژۄل سُہ وطن ترأوِتھی ۔ بوچھِ ستی اوسُس أچھن انہِ گوٹ گومُت
تہٕ توٕ ژاوِ اتھ باغس منز موٕ ستی پننۍ بوچھِ کاسنہِ ۔ مندۄدشہ چھُ کاوس
سلیمانؑ سٕندی حالات پرٛژھان تہٕ کاوچھُس ونان زِ سلیمانؑ چھُ اکھ عظیم
دبدبہٕ وول بادشاہ ییمس انسان کیوٚ چرندو پرند، جن تہٕ دیو، ہواه اوٚبرٕ
پرٕتھ کینٛہہ ماتحت چھُ ۔ مندۄدشہ چھُ کاوس اتھِ سلیمانس پرٛژھی سوزان
یتھ پٮ۪ٹھ سلیمان ناراض چھُ گژھان زِ مندۄدشہ کیاه حقیقتھ چھُ تس
بروٚنٛہہ کنہِ تھاوان تہٕ تمۍ کیاز ِسوٚز کرٕ یہنس کاوس اتھ تس پرٛژھی یمہِ موکھ
سُہ فوج لشکر ہتھ نمل وادی پٮ۪ٹھ حملہٕ چھُ کران، نیک دِل مندۄدشہن
دیوٚت رٮ۪ین حکم زِمینہِ تل ژۄ رِ روز ٕنک تاکہِ سلیمان سُند فوج ماکریکھ
لتہِ مونجہِ ۔ مندۄدشہ گوو پانہٕ کھوژنہٕ ڈرنہٕ ورأے سلیمانسؑ نش حاضرتہٕ
وونس زِسُتہِ چھُ اکہِ ملکُک بادشاہ تہٕ بادشاہ چھُ بادشہس نِش برابری
ہندس بنیادس پٮ۪ٹھ یوان محکوم سٕندی پأٹھی نہٕ ۔ حضرت سلیمانؑ چھُ پننہِ
عظیم حکمرأنی تہٕ دبدبکی لاف دِوان ۔ مندۄدشہٕ چھُس ونان زِ کایناتس
منز چھُنہٕ خودایس ورأے کانٛہہ تہِ بوٚڈ اسلیے پزِ نہٕ تس تکبرتہٕ تھزرہاوُن ۔
وارِیاه بحث سپدنہٕ پتہٕ چھُ مندۄدشہٕ سلیمانسؑ تہٕ تمۍ سٕندس فوجس دعوت
کران ۔ سوٗرے لشکر چھُ یڈ برِتھ ضیافت کھیوان مگر حضرت سلیمان چھ
اِندرِی فأصلہٕ کران زِ بہٕ مارکھ مندۄدشہٕ نہِ رٮ۪یہ تہٕ کرٕ نمل وادی پٮ۪ٹھ تہِ
قبضہٕ، تمۍ یتھے مندۄدشہٕ نِس ملکس پٮ۪ٹھ حملہٕ کوٚر رٮ۪یہِ آیہ آلو منز نرتھ تہٕ

نیٚوٚکھ سلیمان سُند فوج تِکہٕ تِکہٕ کھبتھ یوٚ تاہ زِکرنزٕی موژیوکھ ۔

رٮٚیَن ہُند وُنی سۄ بہٕ سۄ دراو فوج
سبٹھاہ بے نِہایتھ چھو دریایہِ موج
رٹن کر ژٹن تِم بہٕ تیٖغ و تبر
پیٖکھ بے خبر پأٹھی تِم پاتابہٕ سر
چھو شیٖرِ نران ماز اَسِکھ کھیوان
پتھر تِم چھُنی أسی کرنزٕے ہی پیوٚان

أخرس پٮ۪ٹھ چھُ مندوٗ دشہس عار یوان تہٕ اڈ زُمتِس سلیمانسؑ چھُ بجاوان۔ سلیمانس چھِ پننہٕ نس نخوتس تہٕ تکبرس پٮ۪ٹھ شرمندٕگی سپدان۔ دُعا کرنہٕ پتہٕ چھُ تمی سُند فوج بیٚیہٕ زِندٕ گژھان تہٕ دوشوٚے بادشاہ چھِ اکھأکس موحبتہٕ تہٕ احترامہٕ سان روخصتھ کران۔

قرآن کریمس منٛز چھُ سورۂ نملس منٛز رٮ۪ین ہُند مختصر ذکر موجوٗد تہٕ علی شہن چھُ ''بدیع الجمال'' منٛز مزید تفصیل حأصل کٔرتھ یہٕ اکھ داستان بنوومُت۔

علی شہُن قلمی تہٕ چھاپ گوٚمُت نوسخہٕ وُچھتھ چھُ پَے لگان زِ چھأپی نوسخس منٛز چھِ واریاہن جاین تحریف کرنہٕ آمٕژ تہٕ قلمی نوسخس منٛز یِم اردو شعر چھِ دَرج تِمہٕ چھِ مُلّے حذف کرنہٕ آمٕتی۔ یہٕ ایڈیٹنگ کرن وول کُس چھُ اوسمُت تہٕ چھُنہٕ پَے لگان۔ داستانس منٛز کأژاہ مبالغہٕ آمیزی تہٕ مِلاوٹھ چھِ تہٕ اوٚک طرف ترأوتھ چھِیے دلیل سبٹھاہ میٹھ تہٕ دلچسپ۔

## قصۂ تمیم انصار

علی شاہ ہُری لُن یہِ قصہِ تہِ چھُ چھاپ گوٗمُت ۔ کتابت کرنُک سنہ چھُس 1995 بکرمی تہٕ سالِ تصنیف ۱۳۵۷ ہجری لیکھتھ ۔ کتابہ ہُند ناشر چھُ فاروق اینڈ کو کُتب فروش بُہری کٔدل ۔ کتابہِ ہندِس چھاپی تہٕ قلمی نوسخس منز چھُ واریاہ پھیر لبنہِ یوان ۔ شاید چھُ کتابتہٕ وِزِ کاتبس اتھِ بدل قلمی نوسخہِ اوسمُت ۔ اڈٕ ہن جایَن چھِ شعر ہورٕ یورٕ گمتی اڈٕ ہن شعرن ہُند نیب نشانَے چھُنہٕ کُنہِ تہٕ اَڈی بدل پاٹھی لیکھتھ ۔ مثلن قلمی نوسخن منز چھُ اکھ شعر ۔

گزشتہ ہفت نیم سالہ روز تاچند

مےٚ دِم روخصتھ بلاشک کرٕ خاوند

یہِ شعر چھُنہٕ چھاپی نوسخن منز کُنی ۔ اِتھے کُنی چھُ چھاپی نوسخس منز یہِ شعر ۔

مےٚ سوٗرے حال پپرس نشہِ بووم

تمی پپرن مےٚ راہِ راست ہووم

یہ شعر چھُنہٕ قلمی نوسخن منز کُنی ۔

تمیم انصار قصہٕ کٲشراونُک وجہ چھُ علی شاہ پانَے ونان زِ اکھ دوست عبدالرحیم صاٲبن چھےٚ تمس یہِ قصہٕ ترجماونٕچ ترغیب دِژٕمژ ۔ علی شاہ چھُ لیکھان ۔

دوٕپُن حاجتھ مےٚ چھُم تی کرٕبہٕ اظہار

مےٚ نش چھےٚ قصۂ تمیم انصار

بپاسِ خاطرم کیٛنہہ دوہ پھٔٹرِ تو
عبارت سوے چھےٚ کأشرِ پأٹھی کٔرِ تو
اول مےٚ جذبۂ کوٚر حضرت تمیمن
ولیکن زیٛر دِژ عبد الرحیمن

شأعر چھُنہٕ ونان زِ یہِ قصہٕ اوسا عبدالرحیمس اتھِ نثرس منٛز کنہٕ نظمس منٛز۔ لیکھن وٲل گس اوسُس تہٕ کتھ زبأنی منٛز اوس۔ اما پوٚز باسان چھُ زِ یہ قصہٕ آسہِ ہے فارسی زبأنی منٛز تکیا زِ فارسی یَس پیٹھ اوس علی شہس عوٚبوٗر تہٕ اردوس پیٹھ اوسُس نہٕ دسترس۔ سُہ چھُ نوٗر نامہٕ کأشراونس متلق پانَے لیکھان۔

سُہ کوٚرمُت صأحبن اُکر لفظ ہٕندی
تُمہِ کٔبن مانین مےٚ گیہِ بنٛدی
مےٚ تتھ بوٗزُم نہٕ معنے از جہالتھ
تمیوٚک حمدی دپُن آیم کہالتھ

یُدوَے مثنوی منٛز زبان دأنی ہنٛدی جوہر کم چھِ نظر گژھان تاہم چھےٚ اتھ منٛز روأنی تہٕ کم کاسہٕ تشبیہ، استعارٕ تہٕ محاورٕ تہٕ موجوٗد۔

پکُن در راہِ حق پُر خوف چھے وتھ
طمع چھی دوٗ تہٕ شیطان چھےٚ غفلتھ
اتھس چھم تسبیح بٔیہِ چھم پھأسی
ہمچو صیاد یا رسول اللہؐ

یا ؂

گیم مےٚ کھنٛجہ لایم ژٕنٛجہ سپنس
کوٚرُم بٔری یانہٕ ہے افسوٗس افسوٗس

علی شاہ چھُ اتھ قصس عجائب تہٕ غرائیب ونان ؂

ہوشہِ یُد گوشِ دل دأرِتھ ژٕ بوزکھ
عجأیب تَے غرایب ہاژٕ بوزکھ

حسبِ رٕوایتھ چھِ اتھ قصس منٛز تہِ جایہِ جایہِ بالافطری واقعات تہٕ مبالغہٕ لبنہٕ یوان یمن منٛز دیو، جِن، خاجہِ خُضر، ووہَو، قسمتھ تہٕ تقدیر چھِ تمہٕ کارنامہٕ انجام دِوان یمنہٕ ظأہرٕ زندٕگی منٛز ممکنے چھِ ؂

ووہَو ژوٗرُن تمس دیو کھیٚیہِ نَے
بلایا غأبہٕ چی از دیو پیٚیہِ نَے

یا ؂

شبانہ دژاو سُے از خانہٕ بیروٗن
دیوا اکھ آو تہٕ اسمان تُلِتھ نیوٗن

یا ؂

یہٕ کینژھا آدمیس آسہِ تقدیر
پھُٹان تتھ جایہِ سارٕنٕ ہندی چھِ تدبیر

علی شہ چھُ اتھ مثنوی منٛز بدزبان زنانن ووہوان تہٕ ونان ؂

خداونٛدا غضب کر بد زنانن

بۆ زۄدی حُکمِ شوہر یمہٕ نہٕ مانن
جہنم تس پتےٚ یوسہٕ بد زنانہ
کربس حکماہ انبس حیلہٕ بہانہ
زنانو مُرسلن کوٚرمُت چھُ بیداد
نۆحہٕ سٕنز لوٗطٕ سٕنز آشنی کرُن یاد

قصس منٛز ییٚلہِ تمیم انصار وار یاہِ کاٗلی عجیب وغریب حالاتن سٟتی مقابلہٕ کرنہٕ پتہٕ گرٕ چھُ واتان، أمس چھےٚ مس تہٕ نم بیترٕ زِنٛٹھتھ مہیب شکل آسان ءگمٕژ تہٕ أمی دوہٕ چھُ وقتکی خلیفہٕ عمر فاروقنؓ أمی سٕنزِ آشنہِ خاندار مفقود الخبر آسنہٕ ءکنی بیٚکس شخصس سٟتی نکاح کوٚرمُت۔ ییٚلہِ تمیم انصار گرٕ چھُ ہوان اژُن تمس نہ چھےٚ پٔننی خاندارِنی پرٕزناوان نہ شُری تہٕ نہ ہمسایہٕ۔ تمن چھُ شک گژھان زِ یہ چھُ جن، حالانکہ خلیفہ تہِ چھُنہٕ پرٕزناوان۔ أخرس پیٹھ چھُس حضرت علیؓ پچھان کران۔ مگر مثنوی ختم گژھتھ تہِ چھُنہٕ یہِ واضح گژھان زِ زنانہٕ آیا تمیم انصارس واپس دینہٕ رِکنہٕ نۆس خاوندس۔

## خدیجہؓ نامہٕ

نبی آخر الزمان حضرت محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنز گوڈنچہِ خاندارنہ حضرت خدیجۃ الکبریٰؓ سٕنز زندگی ہندی حالاتھ چھِ وار یہو لیکھاریو تہٕ گونماتو لیکھی متی یمو منٛزٕ علی شاہ ہٕری لُن خدیجہؓ نامہٕ تہِ اکھ چھُ۔ اتھ منٛز چھُ لیکھنہٕ آمُت زِ حضرت خدیجہٕ ہندس مألس اوس خویلد ناو تہٕ سوٗ اُس گوڈٕ أکس پادشہس باگنہٕ آمٕژ۔

خویلد پادشاہ تمۍ سُند پدر اوس
سبھٕ ہاہ مشہوٗر زوراور بۓ زر اوس
سو باگنہٕ اَس آمٕژ بادشاہس
چھِ کم تأریف لَس عصمت پناہس
دپان باضے تسُند شوہر غنی اوس
سُہ سلطان پادشاہس پتھ گنی اوس
سو کٕھ موکٕھ تسُند شوہر مٕرِتھ گوٚو
ہپنٕز بیوہ سو صأحب تی گٔرتھ گوٚو

مےٚ یُس چھاپ گوٚمُت خدیجہٕ نامہٕ بۓ مشکل بدس آو یہٕ چھُ غلام محمد نور محمد تاجرانِ کتب مہاراج رنبیر گنج بازار کہِ اہتمامہٕ کوٚہ نؤر پرٛیس منز چھپیو مُت تہٕ امہِ کس سرورقس پٮ۪ٹھ یُدوے علی شاہ ہٕرئ لُن ناو لیکھتھ چھُنہٕ اما پوٚز زٕمنزی چھُ کینژن جاین "علی" تخلص آمُت استعمال کرنہٕ تہٕ یہِ تخلص اوس علی شاہ ہری لی استعمال کران ۔

ہنگہٕ منگہٕ نیران گوٚو لوکچارہ
ژھانڈتھ مکہٕ کِنہٕ ملہٕ ہنٕہ لارہ
یا رسولؐ علیٔ یس تی آرزو
حال چھے روٗشن چھُمنہٕ رفتارہ
بلہٕ ہا چانہٕ دیدارے بو
یاے

دمہٕ دمہٕ غمہٕ وزِ ہمہٕ چوٚن ناو

دفترِ معصیتھ میوٚن چھلہٕ ناو

آرزوٗ چھُ علیٰؑ یس عاقبتہٕ دیاو

نوٗرِ ایمان یا رسول اللہؐ

خدیجہٕ نامہٕ چھُ حسب رِوایتھ حمدٕ ستی شروع گژھان ۔

اول حمداہ بوٚزِن تس کِر دِگارس

خلیلسؑ یمی کوٚرُن گلزار نارس

زِ بعدِ حمد و صلوٰۃ و تحیات

رٕسولِ اکرمسؐ پیٹھ پرٕ بہر سات

امہِ پتہٕ چھُ آغازِ داستان سپدان ۔

سپُن حضرت خدیجس بخت بیدار

خزینہٕ جمع اُسس موہر تےَ دِیار

در آں ایام اُسی شاہِ شاہان

بدست آمُتی خزینہٕ ہفتِ سلطان

امہِ پتہٕ چھےٚ حضرت خدیجہ الکبریٰؓ ہِنزِ سیرتھ تہٕ صورتھ بیان سپدان تہٕ یہٕ ونہٕ یوان زِ تمو وُچھ خابس منز ذوٗن پانس نکھہٕ یوان۔ یہٕ خاب چھُ پتھٕ کنی بیان آمُت کرنہٕ ۔

کوٚچھے اندر خدیجس آو زنہٕ ماہ

زِ نوٗرش گیہٕ سو نوٗرانی زناناہ

مکس گوو پڑتھ گرس آں نۆر جاۂری

پسِ انگہ پھیۆر در عالم ژوپاۂری

یہ خاب چھےٚ سو پننہٕ نِس پتر باۂیس ورقہٕ بن نوفلس باوان یُس توراتُک بوٚڈ عالم اوس۔ سُہ چھُ اُمس بشارت دِوان زِ ژےٚ چھےٚ نبی اُخر زمانس ستی نکاح سپدن وول۔ حضرت خدیجہؓ چھےٚ وُچھنے داچھنے محمدؐ سندس ناوس پتہٕ دیوانہٕ گژھان تہٕ تتھ گرِ پڑاران یلہِ محمدؐ صاۂب نۆن نیرِ تہٕ تس ستی نکاح کرِ۔ سواۂس پڑتھ وِزونان ۔

گیٚس شیدا باۂں روۓ محمدؐ

بہٕ چھس بیتاب از بوۓ محمدؐ

دوٚدُم مےٚ سینہٕ از شوق محمدؐ

گیٚس پھولوا بہٕ از ذوق محمدؐ

بہٕ چھس گمراہ یا رب وتھ مےٚ ہاوُم

مےٚ تس پاۂغمبرسؐ نِش واتناوُم

پتہٕ چھےٚ سو مکہٕ کِبن تمام محمدؐ ناوِ کِبن لُکن سال کران تہٕ اندازٕ لگاوِنچ کوٗشش کران زِ یموٚ منزٕ کس آسہِ پاۂغمبری میلن واجنی۔ سو چھےٚ کعبسؐ نکھے پنُن محل خانہٕ بناوان تاکہ سو پرزٕ ناوِ تمسؐ ۔

درتِچس پٹھ بہتھ پیٚمژ اندیشن

دِپان حضرت محمدؐ کر بہٕ ڈیشن

بعشقِ او نظر تھاۂوِتھ بہر طاق

دِل و جان یارٕ ہٕنزِ ی پۆرٕ مشتاق

پتہٕ چھےٚ سوانداز لگاوِتھ پنہٕ نِس غولامس یس نفیس اوس ناو محمدؐ صابس نِش سوزان تاکہِ سُہ پرٛ ژِھ تس ناو بیان تہٕ تمی ہٕندِ ووتھنک بہنک انداز وُچھِ۔ تاکہ سورلایہ یہِ سورُے کینہہ تو راتس منز درج شکل وشمایلس ہتی۔ تمس چھےٚ پرٛ ژھ بہوان زِیہوے چھُ ازنتہٕ پگاہ پیٚغمبر بنن وول۔ سو چھےٚ تس پنہٕ نِس کاربارس منز شامِل کرتھ نبر سوزان ییٚلہِ اتہِ تہٕ سُہ ٹسبٹھاہ رُت چھُ ثابتھ گژھان تہٕ حضرت خدیجہؓ چھےٚ تس نِکھوٚک پیٚغام سوزان۔ غرض تیتھے کنیٚ چھُ خدیجہٕ نامہٕ بڑ وٕنہہ پکان۔

یہِ مثنوی چھےٚ بڑ دلچسپ۔ اتھ منز چھےٚ عشق و موسیٖقی اکھ دلچسپ باوتھ ییتھ منز روانی تہٕ سلاست چھےٚ۔ اتھ مثنوی منز بیان کرنہٕ آمتی واقہ چھا ساری پرزٕ۔ تہٕ ہکوٚنہٕ وٕنتھ تکیازِ تواریخ چھُنہٕ یمہٕ ساری واقہٕ گاشراوان۔ اتھ مثنوی منز چھِ منزی منزی غزل وژن تہٕ نعت تہٕ شامِل کرنہٕ آمتی۔ مثلن

از گوو منور کُل عالم تَے
دمہٕ دمہٕ نم تَے معبوٗدس
لیہِ سان دُرودٕ پرہر دم تَے
دمہٕ دمہٕ نم تَے معبوٗدس

یا ے

گنڈن ییٚلہِ عشقہٕ ناو
کھٹِتھ اوس پھٹِتھ دراو

احد پانہٕ لاٗ گِتھ آو
خد و خالِ محمدؐ

یا

شوقہٕ سان ونہٕ ڈیو تاز بہٕ تاز
حضرتؐ سون مہراز آو
دُنیاہس دوہ تارِ آیہِ پڑھی لازِ
حضرتؐ سون مہراز آو

## جنگِ زیتون

جنگ زیتوٗن چھےٚ علی شاہ ہٕری لہٕ ہنز زیٹھِ زیٹھ رزمیہ یتھ اندرالہٕ پلہٕ ڈائے ساس شعر چھِ۔ یہٕ رزمیہ تِہ چھےٚ چھاپ گمژ تہٕ تمہِ زمانہٕ چھس پانژھ آنہٕ قیمتھ اُسی متٕر۔ صفن ہُند تعداد چھس ۸۵ تہٕ پرتھ صفس پیٹھ چھس اوسطاً ۳۱ شعر۔ مےٚ یُس نوسخہٕ بڑٕ مشکلن دریِدس سپُد تتھ چھِ گوڈنکی شےٚ تہٕ پتم کینٕہہ ورق غاٗب۔ تاہم یہٕ کینژ ھا دِرِدس چھُ تمہِ تلہٕ تہٕ چھُ اتھ رزمیس متلق واریاہ کینٕہہ مولوٗم سپدان۔

زیتوٗن چھےٚ مردانہٕ لباس لاٗ گِتھ کرٕ فرٕسان شکار کران تہٕ حنیفسؓ وُچھِتھ چھےٚ وارَے لاف دِوان۔

کتیکی چھُو توٚہی میاٗنی چھُو نا خبر
چھِنا قہرِ میانے نٔتان شیرِ نر
چرٕندن پرٕندن چھُ ہاٗبتھ گوٗمت

درندن گزندن چھُ وحشت گوٚمت

اوٗنتھ کتہِ جُرتھ بریں کوہسار

یہِ کوہسار میونے چھُ جایے شکار

حضرت حنیفؒ چھُس یوٗرِ فرماوان۔

یہِ بوٗزِتھ امامس سپٹھاہ خشم آو

دوپُن لتس ؤُں کر بس دہن بستہِ تھاو

یوٗانی ژِ چھکھ کیاہ چھےٚ مردی عتھکنٕز

یہِ مردی گرٛھی پیش مردان پکنٕز

زیتوٗنہِ چھُ فکرِ تران زِ یہِ گرٛھ نہٕ عام انسان آسُن تہٕ چھُس ناو بیان

پرٛژھان۔ امامِ حنیفؒ چھُس ونان۔

اِمامن دوپُس ناو میونے حنیف

علی پہلوان بابہٕ چھُم ژوٗر شریف

مےٚ بُڈی بابہٕ چھُم شہِ دُنیا و دینؐ

نبیؐ صفیؐ خاتم المرسلینؐ

زیتوٗنہِ ہُنٛد کبر والنہٕ خاطرٕ چھُس امامِ حنیفؒ کھوٗژنہٕ روستے ونان۔

ژےٚ چھی کأم ہِنٛدر تہٕ گرٛژہٕ پھِرُن

ژےٚ شوٗبیا دمِ شیرِ مردان کرُن

غرض یہِ مقابلہٕ آرأیی چھےٚ اتھ مثنوی شوٗب کھالان۔ یُدوَے یہِ

مثنوی تہِ علی شہ نبن باقی مثنوین ہندی پأٹھی واریاہ فارسی آمیزتہِ چھےٚ اما

پۆ زواریا ہن جایَن چھنہٕ فارسی لہجہ کأشرِ زبأنی ویان۔ تکیا زِواریاہ شعر چھِ فارسی زبأنی یہ ڈٕپٕ زِتہٕ ننگلاوِتھی ژھنہٕ مِتی۔

شب آمدہ سرا پردہ ہر سوز دِہ

بہٕ بستر یلے تند پہلو زِ دہ

چو در خواب شُد آں یلِ دلنواز

گنیزٕ دِوان موٹھ تہٕ دُگدُک بناز

اتھ رزمیس منز چھُ علی شہن پنُن تخلص جایہٕ جایہٕ ''علی'' ورتومُت۔

بیا اے علی مختصر کُن کلام

اَول در بیان ان ژٕ حالِ امام

تاہم جنگس دوران یتھٕ کنی میر انیسؔ صأب تلوار بأزی وِزِتہٕ لاف دِنہٕ وِزِ اکھ ڈرامأیئت تہٕ شبیع چھُ پأدٕ کران تہٕ چھنہٕ علی شہ گرتھ ہکان۔ اما پۆز اکھ کتھ چھےٚ مأنٕنی پیوانٕ سو گیہٕ یہ زِ علی شاہ صأبس چھُ اکھ لوٗٹ واقہٕ صفہٕ وادن پیٹھ لیکھنک بُتر تہٕ تمی سٕنز زبان تہٕ تمی سُند قلم چھُ روأنی پکان۔

## جنگ محمد حنیفؒ

جنگ محمد حنیفؒ رزمیس منز تہٕ چھِ ڈوڈ ساس پیٚٹھی شعر تہٕ امیُک چھوپمُت نوسخہٕ چھُ پنژٕ ہن صفن پیٹھ مشتمل۔ اتھ رزمیس منز چھُ امام محمد حنیفؒ پننہٕ نبن کہن باین ہِچھی لیکھان یُس یتھٕ کنی چھُ بیان کرنہٕ آمُت۔

اِیم کر مےٚ توٚت تام آرام و خاب

بہٕ یوٚت تام نہٕ پکہٕ ناوٕ خون ہم چو آب

یہ یامتھ دوپن تام اوُنن دپر
دوپُن تس قلم تُل زِ مشک و عپر
بجلدی قلم کرِڑ عنوانِ من
سوئے یازدہ خاصہِ اخوانِ من
تِمے کہہ برادر مےٗ چھِم تاجدار
بہر ملکُھ چھُے پرِتھ اکھاہ شہر یار
سُہ بتریز حأرث سُہ عفوان دلیر
سُہ طوفانِ ترکی سُہ شاہِ زبیر
عقیل و عمر جعفرِ نامدار
مصیب تہِ خاقان خنجر گذار
سُہ عأٔلی نصب طالبِ نامور
تِمے شیرِ جبارؒ سِندی گہہ گبر

اتھ رزمیس منز چھُ امام حنفؒ صأبُن مأدانِ جنگس منز لڈٕنک منظرٕیمہِ آیہِ باونہٕ آمُت ۔

کٔڈن تیز شمشیر آئینہ صاف
گرِن تیز توسن زِ بہر مصاف
بیکبارٕگی فوجِ اسلامیان
وٕتھِتھ آے بر لشکرِ شامیان
زٕ فوج ہے گرأٔنی مقابل باہم

دِتگھ اکھ أکس پٹھ بُرتھ یک قلم
کجھ شمشیرۂ برق دار
ہیوٗتکھ ضرب لایُن یمن ویسار
دوٗدستی تُلکھ گورزٕ ہاپےٚ گران
سپنٕ ریختہ مغز ہاپےٚ سران
بہر سو گرِکھ نیزٕ ہا تیز تیز
جگر ہاے گردان گرِکھ ریزٕ ریز
زمین خونہٕ ستین سپنٕ لالہٕ گوٗن
کوٗہن پٹھ گٔھسِتھ گوٗو سُہ طوفانِ خوٗن
زِ بس دست و پا بستہٕ گۓ رہ گذر
پیٔمتی کلہٕ ہا تودٕ بریک دِگر
اِمیرِ حنف ہم چو غران پلنگ
گٔمتی کینہہ در اندران جاپےٚ تنگ
دوٗدستی تلُن گور زٕہ بیمناک
سوارن کران اوس یکسان بہٕ خاک
گہے بو کڈان خاصہ صمسام تیز
تمِن رسگالن کران ریزٕ ریز
گہے بوبہٕ تیزی کران دادِ گیر
گہے از تبر زین و گاہے بہٕ تیر

ژٹان شأمیٖن اوس از ہر طرف
کران اوس خأ لی تِمن صف بہ صف

محمد حنیفس ییٚلہِ ولیدس ٚستی جنگ چھُ سپدان۔ امیٚچ منظرنگأری چھُ علی شاہ اتھ مثنوی منز یتھہٕ کنی کران

بہٕ یکبارٕگی میلی زٕ فوج باہشم
کوٚرُکھ حملہٕ بریک دِگر یک قلم
دَوان نیزٕ خنجر کڈِکھ خون فشان
ژٹنٕ ہِتکھ سر ہایہِ گردن کُشان
بہٕ نیزہ سنان ہایہِ گردوں شگاف
گڑھان أسی نیرتھ زِ پُشت و زناف
یِتھے أسی لایان تبرزین بہٕ کین
گڑھان أسی پر کالہٕ با اسپ و زہین
پیاں چو باران وسان تیر أسی
بہر سو گڑھان خلق نخچیر أسی
بہٕ خونِ جگر پارٕ سنگن کران
بہٕ نیزہ ستیزہ پلنگن کران

یمہٕ اقتباس پٔرتھ چھِ أسی وارٕ زأنتھ ہیکان زِ علی شہنٕی یہِ مثنوی تہٕ ہیکوٚن أسی کأشرزبأنی ہنٛزن بأقی اہم مثنوین منز شأمل کٔرِتھ تکیا زِ یتھ اندر تہٕ چھِ رزمیہ مثنوین ہندی سأری گوٚن موٚجوٗد۔ رواٚنی لفظ ژٲر تہٕ

جذبا تیت بیتر عنصر چھِ اتھ منز برابر موجوٗد، یُد وے تمام کاشرٕ ن مثنوین
ہندی پاٹھی اتھ منز تہٕ شاعر فارسی لفظو۔ ترکیبو تہٕ محاورو نشہِ دامن چھنہٕ
بچاوِتھ ہیوٚ کمُت تہٕ ترٛتھ منظرنگاری چھنہٕ ہیوٚ کمُت کٔرِتھ یتھ اسہِ انیسؔ تہٕ
دبیرس نشہِ اتھ چھےٚ یوان۔ یتھے کنٕی یمہٕ واقعات اتھ رزمیس منز درج چھِ
تمو منزٕ تہِ چھِ وارِیاہ واقعہٕ یمن نہٕ مستند تواریخ کانہہ ڈوکھ چھِ دِوان۔ پتہٕ
روٗز مبالغہٕ آمیزی تہٕ سوچھےٚ تمام رزمین تہٕ لولہٕ مثنوین منز کرنہٕ آمژٕ ی۔ یہِ
ڈٲلِ زِ تہِ یہِ چھُ اندٕ پتھے مثنوین ہُند گہنہٕ اوسمُت تہٕ اتھ منز چھنہٕ علی شہے
یوٗت قصوٗر روار۔ بحیثیت مجموعی چھےٚ یہٕ مثنوی پرٕنی لایق۔

## علی شہ تہٕ نعت

اکھ اہم مثنوی نگار آسنس ستی ستی چھِ علی شہ اکھ کامیاب نعت گو تہِ۔
یہندی لیکھی مٕتی کینہہ نعت چھِ از تہِ مسجدن تہٕ گبوٗن موحفلن منز پرنہٕ یوان،
مثلن۔

اے شہہِ دُنیا و دین قوربان لگَے
اے مہہ بُرجِ یقین قوربان لگَے
انبیاہن مورسلن سردار ژٕی
چھُکھ ژٕ ختم المرسلین قوربان لگَے
رویےِ انور چون چھُم شمسُ الضحےٰ
خویےِ خوشتر انگین قوربان لگے

☆☆☆

یا نبیؐ اتھ ہمتس قوربان لگے
چھکھ شفیقا اُمتس قوربان لگے
از طفیلِ تو بنا شد کائنات
شوق رب العزتس قوربان لگے
آسہکھ نَے آسہِ ہے نہٕ کانٛہہ تہِ چیز
اتھ کمالِ عظمتس قوربان لگے



یا رسول اللہؐ سبٛحاہ چھُم اضطراب
والضحیٰ روے ہاوتم ساتھاہ بہٕ خاب
لولہِ چانے ہولہِ مُنڈی چھِم ٹگمژی
واے جانس ہاے پانس پیمژی
چھُم بٔنتھ آمُت وٕنتھ کس زانہٕ حال
ووٚنی وٕنتھ متہٕ تراوتم کوٚرمَے سوال
راتہٕ اکے مِنتھا بُڈ تھاوتم
ساتہٕ اکے رویہِ انور ہاوتم



یا نبی موحترمؐ کرم کرتم
عاجز و زارم کرم کرتم
قامتس خم ژلیم زِ بارِ گوناہ

شُد نگوں پیکرم کرم کرتم



مےٚ چھُم در دل سبتھاہ ارمان اِیمنا

سُہ کانِ لطف و احسان جان اِیمنا

مےٚ پراران لِیہٕ لوسم وتہٕ وُچھاۓنی

سُہ عاۓلی شاہ شہہِ دوران اِیمنا

علی شہنٕز اکثر نعت چھ مختلف مثنوین منز تہٕ مٔنزٕ مٔنزٕ نظر گژھان، یِمن لگہٕ لَے چھِ۔ مثلن

مۆرِ چھُم للہٕ وُن دۆرِ رُک نارا

بلہٕ ہا چانہٕ دیدارے بو

ژۆرِ پاۓٹھی ہاوتم نۆرِ روخسارا

بلہٕ ہا چانہٕ دیدارے بو



چھُ مےٚ چون تمنا دِمہٕ ہے ناد

دیدۂ گریان یا رسول اللہؐ

لولہٕ نارن کۄرنم داد بیداد

سینہٕ بریان یا رسول اللہؐ



دمہٕ دمہٕ پرٕ ہا دورٕ وٕدِ چاۓنی /

یا رسولؐ مہربانی کر
غمہٕ وِزِ آستم روے ہاوانی
یا رسولؐ مہربانی کر
معشوق دؤپنے حق سجانی
لاشکھ سارنَے چھکھ رہبر
عاشق گالی مُتی لولن . چانی
یا رسولؐ مہربانی کر



ہول گوم جگرس لول آم چونُے یا رسولؐ از ولہٕ سوٗنیے
زوٗ جان ونڈِ ہے مالیوٚن گُرونُے یا رسولؐ از ولہٕ سوٗنیے



گنڈن ییٚلہٕ عٔشقنی ناو کھٹِتھ اوس پھٹِتھ دڑاو
احد پانہٕ لاگتھ آو خد و خالِ محمدؐ
صلی اللہ علیٰ محمدؐ و علیٰ آل محمدؐ
خلقو کوٚر سٔمِتھ دور مَلکو بوٗز ٹُلکھ شور
ہیکہِ نہٕ کانْہہ عٔشقُن بور فقط ژالہِ محمدؐ
صلی اللہ علیٰ محمدؐ و علیٰ آل محمدؐ



# مصنف سنز باقی کتابہ

۱) کپوارہ دی کراون آف کشمیر (انگریزی) تحقیق

۲) مقالاتِ اطہر (کأشُر) تحقیق

۳) لُکھ کرِہِن واپس (کأشُر ترجمہٕ) افسانہٕ

۴) پتھ وٕنکی کوٚ ستوٗری (کأشُر) تحقیق

۵) سورۂ الحجرات اور ہماری زندگی (اردو) تفسیر

۶) وٕلو کأشُر ہیچھو (کأشُر) قاعدٕ

۷) آیئے کشمیری سیکھیں (کأشُر) قاعدٕ

۸) قرآن اور کمپیوٹر (اردو) تحقیق

۹) ہی تھٕر (کأشُر) شاعری

۱۰) ٹوٹھ نبی ﷺ

۱۱) رِشوت

۱۲) بحث (کأشِری تحقیقی مضموٗن)

۱۳) تار کھتندل

## زیر ترتیب

۱) تفسیر و ترجمہ قرآن (کأشُر) پانژھ پارہ

۲) میأنی افسانہٕ

۳) میأنی ڈرامہ

۴) کأشِری محاورٕ

۵) سورۂ نوٗر اور ہماری زندگی

۶) کأشُر گرامر

۷) والعصر اور ہماری زندگی

۸) ڈألی (شاعری)



